Dr. B. L. Koul.

Presented to Dr. B. Koul
who has always shared
the insperation of the birth
of this book with me.

سیوا ئیں ______

ڈاکٹر بھوشن لال کول
کی سیوا ئیں سمرپت

# شکل

نرنجن ناتھ تمن

| | |
|---|---|
| کِتابہٕ ہُنٛد ناو | شِشکل |
| مُصنِف | نِرنجن ناتھ شُمن |
| وٕری | ۱۹۹۸ء |
| تیداد | پانٛشہٕ ہتھ |
| چھاپ | |
| موٗل | ہتھ روٗپیہ |
| سرورق | پیارے لال سدلیشی |
| خوشنویس | موتی لال معروف |

پبلشر:—
ناگ راد ادبی سنگم جموں

گوٗروٗپ نما



آدرنیہ شری رادھاکرِشن گنجوٗ

## آدنیک للیشوٚری

اردھانگنی شوٚبھاوتی ہنٛدِ ناوٕ :-

ژٕ ڈرایکھ پانہٕ ژھوٚوژھس پرارِ ناوُن
سۓ اَز مأژِ کھ ژٕسۓ ثرووُتھ آزماوُن
پٕرکاشا وُچھ سۓ اڈلیوک زِناہٕ وُزمل
یہِ اوبساچون معہ کھ کینہٕ ہأشۍ باوُنا

شمن



باونا

# شُے وَن ژِ تنہِ شش کل وُزم

سنتوٗ شیۆ پُرکت ہُنزم ہِرات

---

نرنجن ناتھ سُمن چُھنہٕ ہیشہٕ وَر شاعِر۔ اَمِس چھنہٕ شاعری نوٗنہٕ جابہٕ ہُند مسلہٕ۔ ناو پراوُنک نہ چھُس امار نہ چھُس لمہ۔ سُمن جی چھُنہٕ شاد تھران شاعری چُھنہٕ آلو دِوان بلکہِ چھُس شاعری مستی ہِنٛدِس تتھ عالمس منٛز اِتاوان ییتِھن ساری ٹھری وُستھ چھِ پیوان تہٕ بیٚن ورتاونچ چھنہٕ کانٛہہ گنجایِش روزان ، وُٹھ چھِ گینگراے کرِ ڈٕ لاگان۔

شِن وَنن ہِنٛدِ پراد مانٛدِتھ شش کل وُزناوِتھ چھُ آتم بُدھی گیانٛک زگنتھ۔ یہِ نیرِ زگت چھُ فقط احساسکِس گرِس سوار سپدِتھ ژینس تام واتنک منزل۔ سُمن جیس چھُ گمور کرپایہٕ ہُنٛد ڈوکھ پَرم پرایہ ہُنٛد شیہجار تہٕ سادنایہِ ہُنٛد سوکھ باگہِ۔ اَمہِ منٛز شاعری چھے یمن تِرشوٗ ڈیچینن ہُنٛد بے پھروکھ اِظہار۔ یہِ چھے سنٛزگیانٛچ شوزر تہٕ ساگر وار باوتھ ممکن چھُ زراتھ منٛزین پنہٕ پرنا وانٛین تگمن گری ہِنٛدِ ول تہٕ ورن نظر۔ مگر نظر بازن گُرشِتھ شش کلہِ ہُنٛد گرز فرو رکنن۔ وعدٕ گو گرز بوزنک تہٕ گرِشتھ بابتہٕ بہتر آسن۔ سُمن جی چھُ شاعرن ہِنٛدِس تتھ قبیلس منٛز شامل یتھ قبیلس

تتھ پڑرس نظر ییتھ وبڑھناوان نیہہ نہ نبیٹدر گلان چھے تہ نیوت
نہ چھُ وبڑھنادنے روزن۔ یہے چھے ڈاہی پڑرِچ عظمت۔ وو ذگ
یوُتن ووت تمہ ونی تمی جایہ ہنر کتھا۔ ساکار واد تہ نیر آ کار وار
چھِ شمن جیس پانس کُن گشش کران، آلو دِوان نس چھُ شمش
زِترن پھیرِ پھیرِ کمل کڈان ۔

زآنی والہ کرو زآنی یار ہر موکھ وُچھ دیدار
پیرِ زال ازدردِ نار ہر موکھ وُچھ دیدار

پیرِ زالتھ شِراوِ چھے نظر موکلان یُس ہر موکھ ذرِ نیٹمان چھ
وونت ہیتوِن چھینہ ٹھہ کتھا توے چھُ سنزس منز ڈنگ دِتھ آشمن جی
توُتے واتان ییتن ممدِ میرن وون ۔

نہ چھُ کُنہ گردس نہ چھُ کُنہ لوِن
ونہ کس تور چھینہ داتان ظلوِن
بیہہ مار موت گوست سنگ گوِن
ونہ کس تور چھینہ داتان ظلوِن

شمن جی چھُ شُنہ پس زول دِنچ کوشش کران یہ ہے
کیٹیہ پیٹھ ہمکس تام سفر قطرِ سمندرس منز پیٹ چھ شہ تہ سمندر بنا
مگر زِلو چھس کلان تہ جاں تھ چھس نورِ ورشنس منز دندس تل آو تہ
زِ هنس پیٹھ ہمہ پور کران ۔

نرنجن ناتھ شمن سنٛز شاعری چھےٚ پرن والین ہنٛدِ باپتھ سرتاز
گُلہِ میوٗٹھ۔ تِمہ چھُنہٕ وٕنان بلکہِ چھُس گُستام وننٲوان۔ یہِ ترنم آواز چھےٚ تیٚر زناوٕنۍ
شمن جیِس چھُنہٕ واین وٲلۍ نہٕ چھُس چیلہٕ چانٛٹھ۔ بادنایہِ ہُنٛد شعور تہٕ سادنایہِ
ہُنٛد وُسجار چھُس اوے یُس اکھا اَدٕ تُہنٛد کلامہٕ پرِتس پیٚیہِ فرور بلہٕ تہٕ پلہِ
پیٚینگ دار و مدار چھُ پرن وٲلۍ سنٛدس انفرادی صلاحیتس پیٚٹھ دٕرِتھ۔

شمن جیِس چھےٚ دیّہٕ بکھتی، کرمہٕ یوگ روٗدُس وٲتُسہِ ہنگہٕ پیٚشیوت۔
یہِ ڈٲکٹو ہہٕ تمام دانناوان چھےٚ مےٚ دِلی مسرت سپدان۔ وُنہٕ چھُس واریاہ کیٚنٛہہ
بلہِ پیشرازٕ تمام شیوی شاعرن ہنٛدی پاٹھۍ چھےٚ اَدٕ تہٕ واچھ پریم پرا زنٛد تھاوِتھ
داکھ چھُ ازٕ تہٕ لیکھنہٕ یوان یوٗدوے یہِ صرف شیوی شاعرن تامے محدوٗد روٗد۔
شمن جینٛز داکھ تہٕ چھِ توجہ طلب ووڈٕ گوستہ چھےٚ وقتہٕ، پیٚٹھ چھُ زمانک
گردِش تہٕ عجیب۔ لوکھ چھِ کھیپہٕ ونِس سرِیس پوٗزا کران۔

موتی لال ساقی

بن تالاب ۱۰ مئی ۱۹۹۸ء

جموں

ژٕٹے دوٚ چشم ژرار ییٚتی تھےٚ چھُس بہٕ ژاران
بِہتھ چھُس دارِ پیٹھ وتہٕ چانہٕ ۔ گاران
اَشہِ ماگوٚے ژٕٹے آدَن وادٕ کوٗر مُت
یوٚہے چھُم ہیہٕ اوَے چھُس ژوٚن ہاران

مےٚ چھُم زِیہٕ گُل تہٕ ہیِرٕ گُل رٕدٕ ٹھُمُت انہٕ
دٕھُن وٗنی وٗنی پکان کھوٗرٕ چھُہ اتھہ سٕز
تیٚپج شاکھنی ژٕھنکہِ زٕیوِ سٕتی ماٰرِتھ
زِندے گژھی مار زِنٛدٕ یادٕ سَن تلکھ گٕژز

شہٕس لوٚگ ژٕھین شُہٕل شہباز رووُم
منگ یُٔدراز محرمِ راز رو وُم
خُدٲیی چھا کران جورٕ بٕن خُدٲیی
دِتیتھ ٹکھ تارِ کھسہٕ وُن ساز رووُم

گژھن کوٚت چھُےٚ پنٕنؠ پٕہرن ژٕ ڈرایکھ
سُلی کوٚت چھُےٚ گژھن ژٕنےٚ ژٕپرمٕ آیکھ
ژٕ آیکھ راتھ اتہِ گٹہِ ژٕھمبر ہسلیتھ
ژٕ آیکھ بٔری تہٕ نہٕہرٕ گٹہِ دارِ ڈرٛایکھ

وُنیوٗ بےٚ گوٚ پھلِتھ گاشن ہٕرتھ پیو
وُنیوٗ بےٚ گوٚ سوٗنس گوٚ ژرام کٔمن ستو
وُنیوٗ بےٚ گوٚ تہٕ شوٗبھا ڈرایہِ لٔتھ دِتھ
وُنیوٗ یوٗتل ہیوٗتُس گلہِ چھم گٔمژ زیو

دیپان اوُسُس بہٕ سوزِس سازٕ کارس
پٔرژھس ٹٔسنی راز پننِس رازٕ دارس
بہٕ کیا گوٚ ژوٗرِ ژوٗل دِلبر ہٕنےٚ پٔرژھنے
پیٚیم خوشبوےٚ لاگِتھ تام پٕرارس

شاد تھری تھرِ بہ دوہ گذاران چھس
خونہ روشتے بہِ خون ہاران چھس
ارزِ کالن نہِ چھے گرشھان گلہِ زہلو
دِکھ نوپدا بہِ تونہِ پراران چھس

دپان اوسکھ ہے چھم سون مشکہ ناون
دپان چھکھ سورگ چھم آنگن بناون
دپان چھکھ دِہ بہِ اگنس کاسہ تھوکن
ژے رکوڈے بان وہ نی کیا چھے ژے پرادن

دپان چھکھ اکھ نمن شرفس کفر گو
ہیو غربس نمن تنہِ لوسمت رو
ڈیپنہِ کھووری چھ بازر آنبھ رودستے
نموکس یا ہموکس گاٹہہ ئے وُڈی تو

ژران ہیلہِ دِل گران گُس کیا چھُ ہاری
مگر چشمن چھِپے ما ژاشہ ناتیارِی
ڈُہسِتھ وٲلان چھُ مانِنا سِریہِ پرنو
ٹھکان چھُپہ ہال یِوُدوٕے وٲتسہِ پٔراری

مودُبس کیا چھُ نس موٗژان پیتھ کُن
رُود گو ساگرس اندر میلِتھ
ہو چھُ ہاہس اندر بہان ژھیپھ دِتھ
رُوح چھُ اُدیل تہٕ سارِ ہسے تیلِتھ

بوان اکھ واو سونرگ پوشہ پیوٗت ہیتھ
ژلان اکھ واو کھوتہٕ منشر آرٕ کوٗت ہیتھ
پکان اکھ واو اسناوان چھُ پوشن
ژوان اکھ واو تٔتی چھکھ تاپھ نوٗت ہیتھ

بہٕ کراوسُس گوٚمُت دامانہٕ ژراوِتھ
بہٕ سوٚزُگ سایہِ سایانہٕ ژراوِتھ
شُکٕر بہار گوٚیس دامہِ ڈٕلہِ کھوٚر
ٹُھپش ژٕہٕنے سُہ ژٕلہِ ہیمانہٕ ژراوِتھ

بہٕ صُبح داوٕ رِنگ شیچھ ہالہِنٕ سیٖے آیم
کنٕس مٕتٕر شیچھ وُنہِ پوٚت کھوٚرِ ڈرایم
مَہ مٕشرُن آدنگ سُنگی نہٕ ساٗتھی
دوٚہَس ڈٕلٕرنگ زِیبٕلہِ تَتھٕ میلہِ سایم

دِلس لوٚگ نار دٕہہِ کھوٚت آسمانس
ترٕنٕرا اکھ گوٚو تہٕ پھٕہلیو سٕکل جہانس
دِژایم سَرگہ تہٕ کاشہٕ چھٕپنہٕ یور پھیران
اٗنیدی ووٚننم لوٚگمہٕ نو اِمتحانس

یمیٚ تٔمی دوہ پانٔشہِ یاوُن رٲے اوسُم
دوہ لابن مۄنٛز دِوان شُیے داے اوسُم
یہِ کیا گوو بر منٛدِنیٚ گو سیرِیہٕ لوٚسیتھ
سُنک محرم شہ شُمنٕن ژھاے اوسُم

شوٚنگمت اوسُس خرہٕیو بوزُن
سو زُن وُزملہٕ ژٕج آکاش
بسا تمہِ کوٗر سنکلپہٕ عکر ڈس
مےٚ یوٗزٕ ہٮ۪نس گو بوٚدِ ناش

ژٕ ما چھُکھ یی غرض یٮ۪تہِ ژوٚرِ نیرکھ
ژٕ کٔھ پانس پتہٕ واپس نہٕ پھیرکھ
کُنٕے ژوٗن کیا کرے ہٕ چھُس بہٕ بے حس
توٚے وٚونمَے ہیوٚنٛیٚرِ داپہٕ نیرکھ

مےٚ لیٚوکھ خامہٕ رٕوٚستے نامہٕ یارَس
جوابَس پرارٕ وُنہٕ چھُس تۄتہٕ پرارَس
ہُنٛد دِل ڈالہِ سوزَس بُلبُلَس اُتھ
موٗلُل ییتہِ چھُم نہٕ کیٚنٛہہ یتھ ڈالی کھارَس

ہتو دیوانہٕ پانٛو کیا ژٕ گومُت
ژٕ ما چھُکھ لولہٕ ساگرٕ دامہٕ چومُت
تۄ ما چھکھ ژٕ بوچھٕ تَے ترێش مُٹھٕ ژٕ
ژٕ چھکھ کالایہٕ ہیٚر بدن موم گومُت

یہِ چھا کانٛہہ موقہٕ ژٕ لنگ چانہٕ ژٕ وَن
چھُ بوز کوٚستۄر کوتاہ میٚیوٗٹھ بولن
اژُن ہیوٚت بُلبُلو وَنِ گُلِستانَس
ینٛز غلطی ژٕ ترٛاپان ژٕ اَتھ سن

ژٔنا پے مَنز شنائیا دِیٹھ متھ ژٔے
پھولیتھ گُلشن تہٕ تنہائی دِیٹھتھ ژٔے
ژٕ مایا سون آبکھ ژھایہٕ گشت ہیُو
اکی ژھرِ میٲنی قرتھ ہوٗلی سنترمتھ ژٔے

أنٛدری أنٛدری نُلان چُھس کرار ہی زخمن
ژٔے وَن ہٲری وُچھتھ وورقی سکٲنسہٕ مے وَن
چھوکن ہشنر کرتھ دگ چھم میٚتوٹھ سلمان
بلنی زانہہ گرشگی نہٕ یم چھوکھ چھم پرٕہانمن

میتوٗمُت چھُس منوٗتے دیوانہٕ روزٕے
قسم چونے اُسن ژٔے ڈالِ موزٕے
ژٕ چھکھ ژٕ جان چھُم چونے امانت
ژٕ نے یوزکھ مُنک آمِد پہٕ سوزٕے

ژِھیٹھکھ ژٕورِ وٕودمے ژٕور ژٕورے
دِتُم سگ سوٚمبلَن مے ٹٕورِ ٹٕورے
وۄنے کیا زہر ژٕنڈ چھم زِندگانی
ژُدان کھچھر پتہٕ زر چھُم لاوِ موٚرے

پھُلے ہوٚ چھہ بادمَن ژھٹھ آیہٕ کھُوٚرے
وُچھِن اوسُم مٕے بُتھِ تِم دٕرامے شوُرے
گواہ زگتھاہ وَنان تِم ہے یہٕ کیا گوٚ
ہوا بد اوس تھنہٕ پیٚیے وُتہٕ گھوڑے

گوٚژھم مٕے باونایَن باو آشُن
شمتھ روزُن گوٚژھُم سۄ باو آشُن
پریم کیٚیون چیٚیون دٕرِزٕ وَتھرِ جُدائی
رہا بس اضطرابس تاو آشُن

یمبرزلہ گنتھ کران ڈیوٹھم سُہ بوٗمبرٕ
دِوان گنتھ گنتھ بران ڈیوٹھم سُہ ہوٗمبرٕ
قلابازی یہ چھا کیٖنہہ فِتنہٕ سازی
زِندے اَسِتھ مران ڈیوٹھم سُہ ہوٗمبرٕ

نٔھکُن سورُے نِشاطس شالہٕ مارس
پٔزٕ یا ہاوُن نہٕ ہاوُن سیر غارس
زٔخم زٔژھرِتھ تھوفی ہاوِنہٕ واوس
ہیٚڈان ڈیٖٹھم مے سارٕی ٹاوٕ ٹاوس

نہٕ پٔزٕ ارلو دِل نہٕ دِلبر سوٗنتہٕ واوس
مٔتِس کٔھڈٕ شش لوٗگُس گوٗن زوٗن یہٕ داوس
یوان بُلبُل چھُ گُنہِ شیٖچھ خبر ہاوِتھ
دٔروٗپن پٔژان بینی چھی حاکِم ہاوس

مےٚ موٗڑھ سوٗرِے رباب چنگ و آہنگ
گناہ گارَن بچارن پیٚیے وُچھنٕ رنٛگ
شبد شُنٛیس انٛدر ژھِپہِہ نتہ مےٚ بیٛو کھُم
گُلس چارِس لگِم کتھ چوٗن فرہنٛگ

ہوا چھا گُرٕ رٹِتھ اسےٚ نتہٕ ژٕ کھارتھ
ہوا چھا ناوٕ تتھٕ منٛز تارٕ تارتھ
اَچھو وُچھنےٚ دِوان مےٚ ردٕن چھُہ جیوٗن
ہوا گو آو گو دِتھ ژوٗل بٔشارتھ

نقارس ژنٛڈ دِنٛگ کیا چھےٚ ضروٗرت
ژکتھ کر داغ رِتھ مسوٚے چھم رفاقت
تمبوٗرن کتھ دپن چھےٚ ڈوٗل وائن
چھُہ چونے زوٗ کرے اربن اتھس کیتھ

ژُھکھ نابوٗد تیٚلہِ وَن بوٗد کیا گو
اصِل نِکھ وٚوتھ نہٕ اد پتہٕ سوٗد کیا گو
دُساڈِس مَنٛز تران چھِپہٕ مِکرِکاشہِ کَنٛھ
اۆبٕر کیا گو ہوا کیا روٗد کیا گو

اکارن کیا نکارن نال وٚولنے
پٮ۪یِ کیا ژھاے مِنہٕ شرٛیہ مایہ چھوٚلنے
ہانگن ژھکھ ہیٛتر لدِتھ کَنٛھ چھُے کُرن جنگ
گرمی چھُے راز ژیوٗش مَن چھُے ژرے ڈیول تے

وُدن اٗسِن اسُن نَنتہِ گوٗژھ نہٕ آسُن
دُساڈِس مَنٛز پھسُن تتہِ گوٗژھ نہٕ آسُن
وُدن گوسنگ لدن لولس نہٕ تولس
پھٹِتھ سندرس گھسُن نتہِ گوٗژھ نہٕ آسُن

وُنِتھ ہیکہٕ ٹی منس مشٕریاے میٚے آسہٕ
ووٚندِس پُشرِتھ ٹُلِن گوٚب بار یاسہٕ
چھےٚ پرٛزھ کرٕنا چھےٚ بہٕ اِدٕتوٗنہٕ کیا گوٚ؟
گرٛے سوٚے گرٛاو یوٚ سہٕ زنٕ اٚپزٕ میٚے باسہٕ

بہٕ کرہا کتھ نہٕ کتھ کُس وانہٕ دادس
نہٕ واٚنان چھُس بہٕ ہوشرس نٔے زِ رادس
رٕچھِم اَشہِ وانہٕ سگ دِتھ لول ہوٚرمِکھ
تِمو اند وند وُتیش دیتُمت فسادس

بہٕ وُچھان آسہِ ما اَمُت شہٕ ساقی
پوٚتُے ما آسہِ بٔنِٕیہِ درٛامُت شہٕ ساقی
مےٚ چھُم تس سٕتٕ واراہ داس دارنہٕ

توٚے ما آسہِ ٹمبلیامُت شہٕ ساقی

یہِ کیا گوٚ کوٚر زینہٕ بَب ماّج وِلسرہٕ لو
بَبس لَیدریوو ہُنھ ماتایہِ گلہٕ زِ لو
دِپان بایَن نہِ گُیہِ راین تفاوت
نہِ ما زوٗنکھ اُستی ہُشد روٗپ تھِہٕ پہو

چھُ سالِک سُے سلوٗکچ آسہِ یَس پڑے
چھُ مالِک سالکے تاّہین چھُس دَے
چھُ سالِک سُے رِچھان یُس تنگ دستن
چھُ سالِک یُس ژھریَن بانن بران وَے

مُچھنا کُنہِ جایہِ رِندا ہیتھ جہانَس
پڑنگوٗ تُل توٚس سِنح ہیوٚر آسمانس
خبر کس چھِے زِ کیا گوٚ گاشس آشن
چھِے تُوٚنِ گاشہِ گرِٹہ بیتھہِ پڑتھ مکانس

بہ نے پوشی ستمن کتھ   ناو کوٚر ستھم
چھُہ من   راوان کتھہ   پأراو کوٚرتھم
تشخِص گو پوٚزُے گوڈٕ لاگ میزان
گرٕے نے لوگتھم   کتھ   باو کوٚرستھم

ژٕے کتہٕ باژیرٕ گوٚے   ژھاران اوسے
صُبح پیٹھٕ شام تان   پژاران اوسے
ژٕ آسکھ نفتھ زنڈٕ نے منشرِ پیشیومُت
گوٚمُت رتٕہ دأوی چھُکھ کتہٕ دیان اوسے

گگرِ واجن اندر اژٕنچ چھےٚ کیا وَتھ
یوٚہے گوسکال اتھ چھینہٕ ثبرشنرِ تہٕ فرُمتھ
بژرشنرس اندر گداگر چھےٚ بنان شاہ
دران لنکا برثرِس مشنزیا چھےٚ پُرکتھ

مےٚ چھاپیتہٕ چانہٕ گرِ منٛزِ بار ٹیٚن کینٛہ
امہٕ پوٚژ آسہِ ما اُتھی سار ٹیٚن کیٛنہ
قلم زن چھکھ تھوان کھاتس ژہٕ کھاًرِتھ
کران چھکھ تھامہِ چھا آسہِ ہیوٚن نہٕ ڈیٚن کینٛہ

گُلستانس اندر نٛژرنس تہٕ اَسنس
ژےٚ فُرصتھ کر دِژِتھ زانٛہہٕ تہٕ پھیرِ کھسنَس
اَزر وُن چھاپہٕ کیٛنہٕ چھکھ سنٛج تگن گوٚر
دِشتھ کر موقہٕ زانٛہہٕ لسنس تہٕ بسنس

یہٕ پیٛژہٕ تھس کیازِ چھکھ گھٹہٕ ژہٕ روزان
نہٕ بوزُن چھے نہٕ یوٚرک چھکھنہٕ بوزان
کران چھکھ سکار وٕکھتی ژوٚرِ ژوٚرے
وُچھان وِکھرار چوٚنے چھس نہٕ روشان

ژٕے ماگوٚے ژٕہر ووٚتھ ووتھ نیرِ پانَس
پرژھن کیا چھے زٕہلس تَے ژٕمانس
ہینٕ وگُرا یہِ تِم دارکھ تٕہٕسن زز
دوٚہ ہے کتھ چھُکھ ہیوان ژٕے وارِ دانَس

سُلی نیرُن گژھن ییلِہ آسِہ مالِشُن
چھےٚ وتھ نمناس پتہٕ درِ تاپہِ تالِشُن
وُڈر وَتھ چھےٚ کُڈرِ چھمب چھار واٰناکھ
گژھن آسی مٹن واتکھ ژٕہ شالِشُن

ہےٚ کُس ژھانڈِہ چھُہ کُس تتہٕ ہیون جاجتھ
تمو منسوہَس اٰسِم ہےٚ اَرزٕتھ
دِوان پوٚت نظر چھُس گرَدن اَرِتھ ہٕسیح
گژھم چھم گاَرخم سوران چھےٚ ماسَنز

وۄنُم وارہ پتہٕ وُنہٕ وارہ چھُہ وَنیٚ
کُنہٕ کٲم کاسہٕ دِکھ سوٗرُے چھُہ گٔنیٚ
خُریدارن وِثرَھے کَتھ کتہٕ گرٕفٕ وَس
مہ کر تَچھ تَچھ رِچھن وُنہٕ چوٗنہٕ چھنیٚ

وُچھان چھاکھنا ژٕ کُنڈہِ کوٗت چھکھ ژٕ دوران
کٔرِتھ دم چھکھ پزر کینہٕ چھُے نہٕ سپھوران
خبر کیا چھُے نصیبس بَد ژٕ سے ڈیشُن
اَچھن چھُے اوٗن نہٕ ننگٕتن چھے نہٕ موران

ژٕ سے کَتھ پیشن ہیتُھ اندٕ اندٕ جہانس
ژٕرِکے چھکھ ژھانڈ دِنہٕ گرٕشہ ہفت خانس
ہلین ہانن چھِہ وُکری ٹھانہٕ آسان
بِہان میوٗد ٹھانہٕ چھُے ہموار بانس

یِہ کٲمہٕ وہرووُنت ہیٚتہٕ یوٗت دادُر
اَتی چھُس سہ گنڈِتھ تھووُمت اَتی گرُ
اَتی ہیٚیٹھ کٔمۍ نژان شہار ظاٲلِم
اَتی کٔمۍ تان تلہٕ کنہٕ سووُمت شُر

شیٚنہٕ مانہِن گرِٕ شُرلوکَن آس نَس
مرِژ وانگُن نس، گوٚنڈ ہَس گاسہٕ ہَس
اکھ تماشا غوش یوٗن ژیرنتھ آنگنس
اۆبرٕ یامتھ ڈوٚل تہٕ گوشِہٕ مانہِ ژس

نہٕ پرار لو دِل نہٕ دِلبر سوزِتہٕ واوَس
نٔتِس کٔھٹھ شِس لوٚگُس کَن زوٚن پہٕ داوَس
یِلان بُلبُل چھُہ منٛزرٕ منٛزرٕ شیٚچھ خیٚر ہیٚتھ
دیان چھُم کھار شاہ وُنہٕ کوٚش چھُہ ہاوَس

ہٲلس کھوٚت اوٚبُر توٚنت رٕوُد وولُن
دُزن ہوٚدک پٔژرُے نابوٚد زولُن

دٕہہِ پٔہ بس دٕہہِ پٔہ پھیٚور ہرسو
دٕہس اندر بنان چھا آس کھولُن

یہ کتھ وٚنتم ژٕکھس بوٚہ جامہِ پیٚر تھ
گژھی لوٚت لوٚت ژٕرے موٚت نتہٕ ناوِ نیٚر تھ
مےٚ کتہِ چھم جامہِ نِم ہم پامہِ سٕہ ساسن
ژھرین بانن تھوٚنی کتھ ٹھانہٕ شیٚر تھ

شہ یاوُن راے سِتھ سرکوٚرم خم
ژوہ واپارِ گاشی ہونوٚو زاو سرگم
پراکندے شہ ڈلیوٚ کھم روو مُت زن
یہ ما چھس مشانہٕ دوٚریہ چشمہٕ پُرنم

رزٕ ژٔھِنی گٔر ژٕول گُرٕ گلوانس تھانس پھیر تہٕ گوس
گُرٕ اوس کلہٕ کُنمت شیطانس گلوانس کینہٕ اَتھٕ آیوس
ژھاَنڈِتھ گلہٕ وان پوٚت پھیور پانس گُرٕ شیطانس مُشرٲوِتھ
حاَرِتھ گرِ ہیوٚ بُتھِ گلوانس گُر تُنتی تھانس گنڈتھے اوس

ؠے گوٚژھ ییٚتاہٕ آسن جھیل ڈل ہیٚشو
گوٚژھم ییمانہٕ بس اَسہٕ ووٚن کمل ہیٚشو
پیٚتن ساقی گوٚژھم ہمدَم ؠے آسُن
طمع گوٚ پوٚز جمع ییٚن چھا سہل ہیٚشو

ییٚرِ صُبح واو رِنگ شیٚچھ ہیٚتھ ؠے آیم
گُلن ہیٚنز بوے دِتھ پوٚت کھورِ ڈرایم
مُچھ آمُت بوے گل از مویہٕ دِلبر
یہٕ ووٚن بادِ نسیمن پٔژھ ؠے آیم

پان دولسوٗوتھ تہٕ کیا مان بٔڈرووٗتھ تہٕ کیا
زان راوِے پانٕنۍ پانس زٕہم نٔشروٗتھ تہٕ کیا
ناو چھےٚ ناہٕ ژٕ ٹرےٚ واوس کھوٗر چھےٚ موٗکھمت گرِیا
ییپر وٕنۍ چھےٚ ناوہےٚ ہےٚ ناو مٔنٛد چھوٗوتھ تہٕ کیا

چھُھ دُنۍ یاہ فِتنہٕ سازی جود گٲری
کرِتھ کٔنہٕ کتھ چھِہ اتھ سوران سازی
بہِ کُس آیوو کر آیوو کوٚت گو
بہِ کُھر گر گٲژھنۍ تہٕ اُسی سازی چھِہ چارہ

سُہ بیٚتن یا مہ بیٚتن جایہِ خلوَت
بہٕ وَنتہٕ اوس جِگر قدمَن وندَس بَرتھ
دِمس اَلوٗ نٔے چھُم تس حال باوُن
گیِندٕ گٔنتہٕ چھِنا تس ژٕ یَتہٕ فُرصَتھ

بہ ہیوٗ کھس حسبِ حالس سینہٕ دآرِتھ
ژٕ چھکھ ابرو کمانَن تیر چآرِتھ
شکآرِس دِل کرُن بسمِل شکارس
کرکھنا دِل ژھنکھ نا ازٕ مآرِتھ

ژٕجم وآنِج پننی گیوی گیوس مَنٛز
یِہے چھم ڈالِ نِنی یارس ہیوس مَنٛز
خبر کیا چھم زبر آشیا بہ گآمژ
اثر آشیا ہژر زد آلوس مَنٛز

چھلے ہیوٗچھ بادمَن ژھَٹھ آیہِ کھوٗوری
ہے ژھآنڈِم شُری تمِن للوٗنی چھِہ ہوٗوری
ہیچھُن یوٗ ووے ژٕ ے چھُے وَس پانِسے مَنٛز
ہوا بد گوَتہٕ تھپِٕ یے وُتہٕ کھوٗوری

یہِ کنہِ ژھٹھ ژایہِ باغس آیہِ سمتھ گئی
گرِتھ وتھ وار پوشن وُرایہِ سمتھ گئی
یہِ سمہِ پھلروو نارس منز گلستان
پھولان نوی نوی چھ نوِ نوِ آیہِ سمتھ گئی

سروپس منز اروپن روپ ہووم
بہے انتر سے پرماتند پرووم
پننہ پر کرتھ سے ڈیٹھم پانسے نش
گرِشتھ ماہرِ تہ ظاہر پرزہ نووم

شوس نے آسہِ شکتی کرتہ انہ کھو
شوس نے سورِ دِمو شوِ چھے بنان شو
برِ وونم راز پننی راز دارن
بہ چھس شکتی توے چھکھ شوِ پرزن کھو

سَنتھ تھینتھ ہیتھ ستی سوبآو اوسے
توٚرے شوٗبا ژٔرے پٕتھومت ناو اوسے
ہتی پریشوٗریٚما دَست بستہٕ روٗزِتھ
ستنوگن سوٗن گنڈِتھ پآراو اوسے

یٚتی آسُن اَتی آسُن چُھ کیا کَم
سَنس سنتوشہِ وٗرژ برکت چھ محکم
بہِ وَرتاوِتھ ژٔرے ساری وآنسہٕ ہوٗدِتھ
کران آسکھ وٗرژن سنتوشہِ مرہَم

وُزان امرِہِتھ ژٔرے اوسے یوٗگہٕ ناگس
ژٔرے اوسے ٹھانہٕ دِتھ وآراگہٕ راگس
ستی آسکھِ ژٕ آسکھ یوٗگہٕ وُزمَل
ژٔرے وٗدی متی پوشِ چھی سنتوشہ باغس

ژٕے گژھہٕ ریٚنز گنتھ کرِتھ پرٲوتھ پرم گتھ
ژھٕرِس قفس اندر نفس مےٚ اَنہٕ گتھ
مےٚ چھمنا دِہ کُھرِبن مَنٛز ولنہٕ آہنُت
رٕنگتھ پرکرت شوٗنگتھ چھمنا مےٚ سموٗتھ

ییٚنے تَتہٕ سیر کانٛہہ ہاوکھ دیٚیس نِش
یہٕ ما شوٗبہٕ زِ مشِد چھاوکھ دیٚیس نِش
یہٕ دارٕے واریاہ زٕمن تہٕ ہورٕے
ییٚنے کانٛہہ فِتنہٕ وُزناوکھ دیٚیس نِش

سوٗنچ یاور دِنچ ما ماے آسیے
ژٕے آشنایَن آسنچ ما ژھاے آسیے
ژٕے للہٕ ہُنٛد نیلہٕ وَٹھ ژٕھرتھ تہٕ للوٗتھ
ژٕے بییِس کرِ للہٕ ہنٛز ژھاے آسیے

وُدُن مُشرِتھ اُسُن ہوٗوتھ تہٕ کیا گوٗ
ژےٚ کھوٚتہٕ وِٹہٕ کھوٚڈ گٔھنِتھ ہوٗوتھ تہٕ کیا گوٗ
ژھرِ مِن پانن ژٕ آسکھ پوٗزٕ سکاران
وِمرٗشسک اَن ژےٚ کھِنتھ ہوٗوتھ تہٕ کیا گوٗ

گرس مثیأنِس اَندر ژےٚ مال آسکھ
ژٕ اَلبہٕ ژرالِہ مشرٕنے لال آسکھ
وُچھِتھ موکھ چوٗن شگفتی آس تیزان
سوٚ وانس مَنٛزٕ سوٚ نہٕ گُے خال آسکھ

ژےٚ وَوٗنتھ نامہٕ پھِر وُچھ از چھنا کاہ
پگاہ تام دَے چھُنا شوٗنگرِتھے سُہ روٗزِیا
زٕچَن پچہٕ پھِرِ گٔرِتھ مِنہٕ شیل زٔوزٕ کھ
شیلاکَس سُدامَس آس دِل خاہ

مےٚ پننی ژھاے چھنہٕ ووٕ ذٕ ستۍ روزان
کھٕشؠن انہٕ گوٚرٹ وتن چھُم ہوٚت سوزان
اَچھن ہٕنٛد گاش چھُم ہولےٚ شٹھیوٗمُت
کنن زر چھُم پُرٕن کیہہٕ چھُس نہٕ بوزان

ڈلِک ٹیوٗک ہتھ ژٕ واژکھ پرمہ دانس
سنگ ولوٗہار ہوٗوتھ خاص و عامس
پکنہٕ پانےٚ ژٕ واژکھ شُنٛز ژٕ یےٚ زیوٗتھ
مےٚ یوٗتہٕ ہینس چُھنم گیہٕ ماگہٕ ماوس

بہٕ انہٕ کیا ڈاڈی نمہٕ کیا بالہٕ یارس
پگاہ تامتھ بہٕ گژھہ نۍہنٛدِس شہارس
بہٕ دِمہٕ ہس دِل ژٕ چھُم ژٕمہٕ ستۍ نیوٗمُت
دوہٕ ہنٛدن تاچھم لوٚلہٕ سریہٕ ہےٚ ڈاڈی کھارس

پھے چھم شے ز پانس نِش ہم مے
ستکہ بھنڈار پاوچ میٹ دِہم مے
ژے تاپے چھے ستگ نِبر وانہ گژھ آن
یہ ہے ان دِکھ تہ ژھپتی تھاوہم مے

سُمن اوسُس دوہے وونتھم سمن جی
مے من اوستھ مھتھ تیژھ مُت دیس تھی
بہ روزے لولہ باغکی پوش لاگان
دِتم آلویہ چھس تتھی بہ پرار ان

چھے ہو چھپر پوشہ تھر کتھ باغ نیرن
ژھریس باغس چھ کیا ہتھ بیر شیرن
یمبرزل پھوج تہ ژُج اکھ داغ تھاوِتھ
دِرتھ بومبر چھ کتھ کیٹ اول ییرنا

گژھم واوس مےٚ گیٚنجہِ انہٕ نام سکاٹژاہ
ریچھمہٕ ژیرتھ واپہٕ زیچہِ اژتام سکاٹژاہ
رنگر رنگہِ کیٚشا چھےٚ زٹ ٹیٚر خستہٕ سگاٹش
ہیٚشرم مےٚ پامہٕ ملی اژتام سکاٹژاہ

بہارس مشنر تہٕ چھم بحر جُدائی
ونُن کیا چھُم یہٕ گو قہر جُدائی
گُلن ڈینشتھ دِلن ووٚٹھ کڈ تہٕ پیٚتہٕ کیا
مےٚ چھم دیوانہٕ پانس نارسائی

وُلتھ آسن زٹے چھلنس چھُ سرُوزر
چھُلتھ زٹ نالہٕ آسن تنتھ چھُ آدر
وشرارکہِ ناگہٕ چھل زٹ پٹ تہٕ تھوٚیاد
سُلی نادان چھُ ژراوُن پرمہٕ آدر

دُکانس ہَشنر چھُ وآنِس مال پنُنے
چھِپےسر پھس ٹوٗپھ تہٕ زلرِس زال پنُنے
بہٕ کیا وَنہٕ پننِہ پانکُ چھُس بہٕ ہانو
مگر دانو پلٔن چھُم حال پنُنے

تِچھنِز وۄتلِتھ اُچھَن ہُند گاش سورُی
کمہِ ہوٚل گوٚ تہٕ ابرُک راش سورُی
سۄئے اَسِم آش ووٚنی رچھِمتِی ہمٔے رچھِنم
تِمن رٔنز ناوِتُک شاباش سورُی

بہٕ زرِن نَل شُمتن چھُس آش تھاوِتھ
نیٚمِتھ متُک شُمِتھ اِبلاش تھاوِتھ
ودِیا ساگر چھُ ازٕ میٚون ساقی
ہلِن اچھَن گشِہم سیٚون گاش تھاوِتھ

سۄ مۄ نارس پیو برن دِل جان نی گو
برِتھ نارس سۅ نس زالن چھنا زو
چھے منقل کل کرِتھ من واتہٕ ناوُن
منگ منصور دارس کھوت تہٕ چمکیو

مے کر ووُن شبنمس یہٕ چھُ مۄکھتہٕ چمکان
مے کر ووُن رۅدہٕ قطرن لعل و مرجان
مے پیالہٕ کانہہ اُش پھیورا ووتھ مۄکھتہٕ مۄنم
ووتھم روپس مۄتھم کانہہ سم ڈنکس ہان

زخم زژھرِتھ شھوِ سۄ مرہم سٕنزِ چھُم
شمع رۅشنِ نور مُحکم سٕتی چھُم
چشمِ بادم مۄیہٕ پُرخم یاد چھُم
سوزِ ونگے زپرتے بم ستی چھُم

رٕچھن ہنٛدی ہٲلۍ اَچھ چھپِنہٕ رٲچھ زانان
وُچھن ہنٛدۍ سیٖر چھپِنہٕ گَبہٕ رٲچھ زانان
ژٕلِتھ دوٚسہٕ تٕلۍ چھُہ نٕلوَوٕٹ فوٚسہٕ دٕدانہٕ تھیچھ
ییٚمِس دارٕوٕسہٕ ماشراوُن چھُہ مانان

رٕچھن اَندر چھِہ ژٕژھر تھہٕ لعل شہاوُن
سہمے داٚتِھ چھُہ لالس ناٚگی شراوُن
چھِہ پھیٚٹرِ ژیلِ تہٕ ژھل چھُپے لعل ژھاران
لکھہ پیٚلِہٕ لعل تیٚلہِ گرٕڈِھ ڈالہِ کھاران

مُدعا کیا چھِہ خدا رُوزِتھ کٕڈن ووہ
تومُل پیٚلہِ گوالگ نیٚتھ گژھن موژر بوتوہ
ژٕ شوُرِنا مَن موشِتھ اژرٕ شینِہ تھانس
گٕشِنبر پراو کُتو دکہِ گُنسرس اندر شوٚہ

چھِ ژھانڈان آب ییتہِ سرآب سماںتیاہ
ژلان ژالبوأندرئ سرخاب سمانباہ
ہٹھن پیٹھ اُڈرٕ اُڈہن چھے ہیرونٕ ناو
چھِ میٖنان تاب ییتہِ بے تاب سمانباہ

اسپر ژرگژرٕ وبیان چھُپہٕ جوتہٕ کیٛاگو
دیان ہوٗنس شرپان چھُپہٕ گیوتہٕ کیٛاگو
نصیحتھ وَتھہٕ سنتھ گژھ یاد تھاوِزٕ
اسپر ژرکرتھ لتن تل تھوَ تہٕ سیاگوَ

ازوپ آزوپہ رستس روٗپ ساری
ازوپ آستھ لگس پادن بہٕ پاری
سروپس تیتھ ازوپچ کس چھِ درشٹی
یہِ گیہ بے پردہِ آستھ پردہِ داری

دٕزِتھ نارس گٔژھان چھُم سوٚر اُڈجِن
ہیٚچھِتھ آرس گٔژھان ڈوٚکہٕ سوٚر اُڈجِن
دٕسِتھ ہیٚیشرِ مَنٛز کھیوان کٮ۪ہٕ کرل ہمہٕ تن
ہوا حسرتٕ نلان چھُم ویٚور اُڈجِن

بہٕ کیٚنٛشرہا چھُم تہٕ چھُم از کمائی ژراوُن
لبِن گو پوٗز تہٕ مُشرُن گژھِہ نہٕ راوُن
ننگے آمت بہٕ چھُس نیٚتھ نون گژھن چھُم
چھُہ ما واجِب وتن پیٹھہ سِیر ژراوُن

بہٕ وُچھہ ہاروے دِلبر ہیٚلہِ ہیم مَن
ہمَنٛدر دامہٕ چھمہٕ ہا شیٚیہلہِ ہیم مَن
اَنٛدری نارن مٔے چھُم دِتھ وارہٕ کوٚرمُت
جگر بیلہِ دُوٚو خطا چھا گہلہِ نا مَن

پرٛوژھیوٗمس وَنتہٕ رٕوزِن جایہٕ کِتہٕ چھےٚ
وٕتِھ پیٚٹھ پیٚیمتین ہِشر ماے کِتہٕ چھےٚ
مےٚ بوٗزِم آشرِتھ چھکھ شُنہٕ تھانٛس
بہٕ چھُس ژھانڈان شہرِ دُبراے کِتہٕ چھےٚ

معشوٗقہٕ لوٗلس اَندر چھیٚنہٕ ژھاے رٕوزان
امن سیدِتھ غمن چھیٚنہٕ جاے رٕوزان
پھسیوٗمُت آسہِ یُس شرِ کرِ ڈٕزالس
تٔمس چھیٚنہٕ ہوشہٕ ہیٚنہٕ چیٚاتراے رٕوزان

ہیٚجِن وٗنٛی وٗنٛی چھِ ژھوٗرِ منتر تار لٲگِتھ
سیدِ لو سادَر تہٕ سنتو یار لٲگِتھ
گیوان گوبِند گوبِند نِرہٕ ویلس
چھِ تاران تِم غوش گُفتار لٲگِتھ

گٔژھتھ پردَس اَندر کم جلوٕ ہٲوِتھ
ژٕ ژےٚ پانَس رنگ دِتھ سم رنگ سجاوِتھ
بہٕ چھا جادوٗ گٔری کینہٕ چانٛز پٔز کرت
شُنیس مَشرٕ روٗ ژٕ ییندو شولہٕ ناوِتھ

خُدا ژھانڈُن مُدعا زانٛنی خُدایی
گژھم آسنی مےٚ جنجاہچ          رِہٲیی
کٔرِتھ اَتھ گنتھ سٹھا چھُس نا بہٕ تھوکمُت
رہٲیی ہے دہٲیی ہے   دُہٲیی

دَپان اوسُس بہٕ چھُس رٲلِتھ وُنِس مَشر
دد ہے اوسُم گژھان ٹھُس ٹھُس کنِس شَر
تبر دارا ژٕٹان اوس رٲلِتھ   گوڈ
فِہی آیم زِ ژٕ ژےٚ تہٕ ژٕلٕنے کھنِس مَشر

اہنکارس پتہٕ نارس ہید چھُنہٕ کینہہ
وزُن نارس اندر تاکید چھُنہٕ کینہہ
اہنکارک اہم گژھ موٗلہٕ گالُن
ییٚنے اُنزرِتھ پرُن پتہٕ وید چھُنہٕ کینہہ

مےٚ ونتم کیازِ چھُس بو زالہٕ بلبُل
مےٚ کیا کوٗرمُت سوٗ شُمر تہٕ چھمُنہٕ بلکل
پہٕ مایا زال چھا رکھنہٕ باتہٕ پاتھر
چھہِ سُل گرُ ونہِ لگے مےٚ تہٕ کاستم بُل

ژےٚ چھکرِتھ شُنیہٕ لوکس اَنتہٕ رٚوستے
ژےٚ چھی اَگنزرِتھ ژھِکھنا گیانہٕ سوٗستے
تُوے چھی نا ونان ژےٚ گیانہٕ ساگر
نہٕ زانُن چھُم پہٕ چھُس نا گاشہٕ روٗستے

زِوہے تارکھ مێے گُشنٛرِم آسمانس
زٕنہ ہے مێے وٕزٕ دٕتِم ژٕشنیایہِ تھانس
چھِہ لِچھہِ بُدِکہ رُوہ پٕتہ بیدو گُشنٛرِ گاشیاہ
نژان کِتیاہ چھہِ کٕتیاہ ڈٕرہِ وٕ تھانس

لہرٲیم ژٕنہ پٲوت کھوری سعہ ژرایم
سمے مٕہ کلِبوتہ تاستھ ووت سایم
لہٕٹنٛز گٔیہِ ٹٕہ تٕنہ آبیس شہ فرشتہ
چھمبس پٮ۪ٹھہ ژھیس تہٕ پیتہٕ دوران چھِم یم

بہِتھہِ اوسُس کھُٹِتھ ژھٕتے نبیر ژرٲس
مێے اڈ کھوٚرِس شُرِس ما اوس کیٛنژہ باس
نبیر کیٛنژہ نار لٲوِن اوس شولہ ماران
مێے ژھمبلتھ ژھٕپہ وٕزِم ٹٔہم مُنزِ بٕزنہِ آس

نیبر دُ نشہٕ بون أندری اڑ کھوبہٕ اوسُس
کڑن کیت ثُنرہٕ کھیٚنہٕ وزِ دلو بہٕ اوسُس
یِرِشہٕ نفرت تہٕ اِپرِشہٕ ماے اُسِم
ہُمان ثرشناہٕ نارس گبھو بہٕ اوسُس

تِچھن ساری تِچھن ییلہٕ نلِ پانس
ہیچھن ساری ہیچھن ییلہٕ دانہٕ وانس
ووٚدہٕ زم میلان چھُنہٕ تھ بازرس منٛز
نقد سودا چھُ نیٚکھتھ پرتھ دُکانس

شُنس میلتھ مےٚ تہٕ ون ناوکیا چھُے
گرِتھ ملوٚن تےٚ ووٚدن سو بھاو کیا چھُے
شُنس شکھتی چھ میلتھ شنٛ ہس منٛز
نوے شوٚنزراو نیٚچھن ثراو کیا چھُے

چھ پرتھوی زل، اگن، والیوٗ تہٕ آکاش
منس اہمس چھ تیلان لوٗہ زندے گاش
یوان دوٚدیس چھ تتہٕ پوٗرن اہشا
اہم پانے زٕ چھکھ بیتہٕ سیر گرٛدھ ناش

یہے گیہ اشٹدا پرکرت سٗتی روٗپ
پرا پرکرت چھے اپرا روٗپہ کی روٗپ
نہ وانٹن چھم توے چھس تہامہ گوٗنٹ
گوٗرس پرمیشورس وٚن کاسہ تے گوٗپ

نوٚو تٕج دوٚ نژان تم پرمہٕ شٕنبس
موژان موژٕ موژٕ اژان تم پرمہ شٕنبس
نژان تم کرالہ ژر چھٕ بیٹھ پیر لگاوِتھ
تھران گس بانہٕ نژی نژی پرمہ شٕنبس

کمن دانشورن بیٚتہٕ سوٚر سپدان
لگان کنڈی ژرس کرِ تہٕ تتھٕ نا سوٚر سپدان
چھُ انہٕ گوٚٹ کرُ وُڈھ یہ چھےٚ انڈھیر نگری
ڈُلان ونتہٕ یُس نہٕ سہ ترِ بنہٕ ژوٚر سپدان

نمان ییس کال کرِ با سال تٔمہ سے
منگ ہل زال ون با حال تٔمہ سے
سہ کھاری پرمہ دامس پام سکاسی
دیا ساگر چھُ مالا مال تٔمہ سے

رٕچھن بلبُل چھُ واجب پنجرس منز
بہٕ چنچل باد پھیران پنجرس منز
انن چھےٚ ہوشہٕ ژانن پوشہٕ باغس
سےٚ تتاوُن دِل چھُ بلبُل پنجرس منز

گُرِس کھوٗت نێنرٕ نہٕ چھِپس سٕگاٹھی نہٕ لاکم
نہٕ چھُپس کاشہ راۓچھ تَس ٹُیس روزِ ہمدم
گُرِتھ ہل بل شُنرِس پینہٕ نِیس چھُچھ واتُن
گُرِس تھوڑنگ شُرِس تھوبیم پیسہم

شُرِس گُرِتھ بیم بھیہ ہاوُن تہٕ ساوُن
یُتھم پہرِس تلیتھ پرکاشس ہاوُن
اگر گر یہٕ کرتہن خوٗبہٕ بد دِتھ
گرشی سپیرِتھ تہٕ پاوی یاد راوُن

حُقیقتھ یی صداقتھ یی کہاوتھ
شُرس بُدراہ گُرِس گرِتھ نالہِ ڈِین پیٚرتھ
وتی پنجرس اندر سے طوطہ تھاوُن
ترن ووفی پنجرہ طوطس منزچھ کیا گتھ

یہِ چھُپنہٕ تُشر شہنٕز بہادوے چھُپے یہِ ثراتا
یہِ چھُپے مینٕہ ناتھ ژھلن ہُنٕد زنمہٕ داتا
ہٕڈپن بلہٕ ویرنٕے اُہُر گیٖوٗر اۆزنمت
سۭتے مینٕہ ؤُن تہٕ بینٕہ ؤُن چھُپے یہِ ثرانا

اُکِس اکھ زانہٕ کُس ہیٖتہٕ اُنُز چھِہ سآری
ذلتھ جامنا اندر تہٖتھ نتر چھِہ سآری
چھِہ بآزی گر کران یِم اکھ اُکِس ژھل
منٕس چھُکھ مل اماہ بتھ پڑینٕی چھِہ سآری

گرِس تھر پیٹھ کھُشن گرٖتھ یار لاگِتھ
کرِن کھِر کِھرِ تہٕ خوش اطوار لاگِتھ
چھُ گرٕ ہیٖتہٕ شرٕ چھِہ دو شوٗنی بیوٗ دیسو باتھ
کرٖتھن دوہ شوے رٕنزٕ فنکار لاگِتھ

ژھران چھکھ بانہٕ پانَے خاک و آبس
ژٕ چھکھ ازلے وٕلنہٕ اتھ گرد آبس
ژھران پانَے نہٕ پھٕران چھکھ ژٕ پانَے
دِوان چھُ خاک خاکس آب آبس

دِوان چھکھ کنٕ کھ تہٕ سورے شٕنی چھُ بوزان
یہٕ چھیا زانٕہہ چھیانہٕ ٹھکھ بنٕشورہ روزان
یہٕ بلبل ، ہٲر یا کوتُر چھُ بولان
گیوان چھکھ پانہٕ پانَے چھکھ ژٕ بوزان

ہیو پانٕو پَریشانو پَتھر بیہہ
لُبتھ راوِی پشیانو پتھر بیہہ
ہُنتھ یِیلہِ یہِ تہٕ تیلہِ چھینہٕ ہوش روزان
رِوان اندری گیوان اندری پھٕتیلہِ یہ

ہے گومت ناو نشتھے جان گو تی
ایس گو چاو نشتھے شان گو تی
چھ کیا ناوس کرن ہاوس پٹن باد
بڈان بیلہِ باو عالیشان گو تی

وُن گژھ شُنیہِ سُدرس یار لاگِنھ
وو ٹل، ژھاٹل ڈنگل عیار لاگِنھ
منس منتر ہم رٹن سوہم تہ سوہم
نژن گژھ شُنیہِ سُدرس تار لاگِنھ

یہ پرتھوی زل اگن یا واد کتہِ آد
یہِ وصلس کمہ وُونن سامانہ سوبراو
بناوُن کس بھون یتھ شُنیہِ تھانس
یسِ کیا ناو نس کس ماجہِ زایاو

بو وٕنہٕ ہا ہآزٕ گارٕس ہاگہِ وائَس
بدبخت چھکھ ہآزی تاران ناتوانس
نگن گوٗر چھکھ اوَے چھکھ کرلشیمہٕ ہاون
کران ملہٕ ون ژٕ اگیانس نہٕ گیانس

ژھرٕس پانس کرِتھ پآراو کیا چھے
گژھن چھے کوٗت یہٕ موٗت رچکہٕ چاو کیا چھے
ہنو پانو ژٕ رٹنے سُنز برَس بیہٕتھ
بو کُس ژھانڈن ونتھِ تھو ناو کیا چھے

دپان آسکھ بو چھس لوٗڈ بارٕ گلو ان
نِوان گرِ ژوٗرِ چھس بارٕ ستہٕ بلوان
اندری کنہ چھے چھوہ کو پژر نوومت شل
چھوکن ژٕرہٕ ژہٕ دِوان چھکھ دوو للہٕ دان

کھۄنُتے کیٛا ناو تِلہِ سآے    ہاو کینٛژھا
سۄنٛس کر باو ژٕ تہٕ أشنٕراو کینٛژھا
سۄنٛس أگنس ٲبرِتھ زاٛلُن پیوان زو
مرافس ہاو    اِدہٕ کر باو کینٛژھا

مٔے ٲوٕنٛ تو کاشہِر مٕنٛک آیام کیا گو
ٲشکِتھ لٲسِتھ کرٕن وِشرام کیٛا گو
انان کس واسناین سال کٔرِ کٔرِ
مٕنس ٲونٛ توز ٕ لاگُن    مام کیٛا گو

کٔنٛگ سۄن گو منٛگ بِلسٕزار آسُن
گۄگٔنٛگ گُن گو زِ نِرگۄن یار آسُن
شرٕن مانابہِ گٔرِژھ بۄزٕ کٔوپ کاسِم
چھہٕ ڈلوی دار ڈٲکھر دِودار    آسُن

خبر ما چھم یہ کتھ کتہِ آیہِ اورِے
ہیوان کتھ جایہِ کتھِ ہُنٛد سایہِ تورِے
گرٛھان وُزملہِ ہیٹھے گگہِ رائے ہوٗزم
شبیہ شرہتمک یہ پاٛتھر آو کورِے

دوہ دس ہارس اندر نارس اندر گیو
خطا کارس مےٚ دوہ فی وارہ سزا ہیو
مےٚ ہوٗرم زار زنمک ہار مأ نِم
ژٕ ہاوُم وتھ چھلُم ژیرکرت منتھ شٔو

ژٕ کیا چھُکھ کیا کُرن چھُم ذات زانتھ
بو آمُت چھُس برٛتل مات مانتھ
ژٕ بی چھُکھ تی ہیکی کُس ژیرِ زناوتھ
پرن خالی چھُ زرٛن اوٹ چھپا آنتھ

نہ چھے کُنہِ اَند نہ چھے کُنہِ گوڈ ژٕ کیا چھکھ
یِوان چھے مَنزٕ شرِس زَن ہوڈ ژٕ کیا چھکھ
یِمَن لوگ پے تہٕ شد پے لوگنہٕ کانٛسے
بَرِتھ لیکھتھ بنان اَن پَڑھ ژٕ کیا چھکھ

گژھان کوت چھکھ ژٕ مے ما چھے پان کھروُن
اَپارِ چھُنہٕ سُم نہ کُنہِ کینہہ تار ترُون
اپارِم وازٕ مہرازَن چھہِ ہاران
بپارِم رازٕ وکھنتی کارٕ کروُن.

سُنَن پانس کُنَن چھُنہٕ وٲتِھ وانس
بُنَن گُدرن چھُ پیشرن پٲزِ پانس
پُنن آسی ہتُر گوٗب باد ژالکھ
بپژکھ پانس ترٕکھ مَنزٕ آسمانس

چھُے ییے فرٛشتہٕ تہٕ از بیٚہہ سانہِ راتس
نیٚنٛدرِ متہٕ ییے مےٚ وُزناوُم پٕرباتس
بو ہاوے سینہٕ زوٗلُم لولہٕ نازن
بنٕیم مِلہٕ ون سےٚ ٹیلہِ دیٚنِس تہٕ دانس

کھوان بر دِتھ تھوان یُس سُے چھُہ ژسکر
خزانس ہیٚتھ بہِتھ تس راچھ اَچھ دَر
کھوان پانس دِوان تھیچھ ناتوانس
اُتھِس پیدایہِ پہن زنمس بھینکر

ژھکھ شدھو بو ہیدو بید چھُم یی
ژےٚ نِش چھُس دوٗر پیوٗمت کھید چھُم یی
بہِتھ ہم ذات چھُس کم ذات ما چھُس
رٹن چھُم ساگرس تاکید چھُم یی

ژُے ستھن کیا کرِ ژھم ہرِیے ونتم
نہ چُھے کاشہہ ہُنُد نہ چھے تس الله نہ سنتم
بو ونہ لوّت لوّت ژ کُرکھ دِکھ شَہر عالم
ژھوّپے اُسنہ کران چُھکھ سرکار محکم

نبس نَل دُب دُبس نَل نب نہ کیا گو
دُرِتھ کینہہ گنز چھ یُتھ کرِنب یے ونتم
اگن بیّیہ واد کیا سیلاب کیا گو
دِیان کرتا چُھ سوُنے بب نہ کیا گو

وُچھم ییلِ نیہہ چھپے تیزان روے یارس
وُچھن شروُم نِشاطس شالہ مارس
ژوہ داہم زوُن آہِش تن چھلتھ زن
وُچھم ہمدم اویزان مرے یارس

ہے وَنتھ اوڑ کر اوسکھ ژ آمُت
کھوٹِس شہرس اَندر کَمنہ سکاہہ ڈرامُت
ہہ کر دوٕ دو ٹھکنھ بَینتہ پاد پھولہ نے
گھٹنے پھوی زن نہ آسکھ ماجہ زامُت

دوہ پَر کُس چھُے ییمس ییتہ زور ہاوکھ
کُمِس نَسَس کِن ژٹکھ کُس شور ہاوکھ
کُنی ذاتھاہ چھے اند وند چاڑ مایا
وٹکھ مایا پتہ اَسہ کیشا لور تھاوکھ

ہے کیشا ہوونگ دِلبرس بے وابہ رٕوکھم
ہے دِتِمس دِل پتہ شِل نِتھ ژھایہ ہیژوٹھم
گِنڈتھ ژھیپہ ژھارِ اَزی نس شوقہ پانے
بٹِتھ شیٹھتھ بوکُنس ضایع رٕوٹھم

بو اوسُس ہوگہ ہو چھِن پور وۄلمُت
توے چھُس ماژ گرِ مشِر دۄر کھۄلمُت
سۄے ہیتھ وارہ چھُ آمُت ولنہٕ ژالس
چھُ کینژن گیتھ کینژو سۄر مۄلمُت

یمن دۄرِ ثوس تمِ گیہِ دۄر نیرِ تھ
ہیکِم کرِ تمِ زٕٹھ پوٚت آس پھیرِ تھ
بو پھیورِس پوت تہٕ تمِ آسی ساہ کالے
نے ورقی مشرِ چھ پرٛورُت جامہ پیرِ تھ

شمع رویس لگے دِلدارِ مشانے
چھپیا فُرصتھ ہنا انہ روز سانے
خبر گمہِ مایہ انہ آیی ژرے فُرصتھ
وٕنیکیا منتھ بو گوڈ تھس پرنہٕ چھپانے

پکان اوس مُشکِ امبر بار ہیتھ داو
کران باغس اندر ہی آس پآر راو
بران پیالن چھے مسول مَس تہٕ توشان
ژٕرے ما چھے سالِ یُن مے منہٕ سوزتم کاو

دپیوتھم نا بو تھاوتھ پانٕسے نِش
پوژٕے ونتم یہِ کمہٕ شتَرن گرٕے رِش
دزان چھُم دِل تہٕ دوٗر یِہ کرٕ وتھ پیومُت
زنم چکرس مے پیومُت گرٕدٕتھ گردِش

ابا وِس ناو کوٗر پننہٕ نی سو باوَن
نے ناوِس ناو کوٗر ننہٕ وآرِ ناوَن
چھُنے کُنہِ کینہہ تیٚلہِ کیا ژھانڈٕنج کُل
دِسا اَڑِس ہَنز چیچ کیاہ تام ژھایہِ تھاوَن

ژٕنے پرِ پۆرنو ژٕرا کاشس ژٕراوکھ
پٕنٕن درشن سٕتے نٕے گچِھ راژ ہاوکھ
بو کیا کرٕ زالٕہ منٛزٕ کٕہی نیرِ پٕشٕچھی
ژٕ ژھکھ ناپالٕہ وٕن سٕتے نہٕ آش ٹھاوکھ

بہٕنتھِ اوسکھ ژٕ سٕتے نِشہِ کیٛاز ژٕوٗلہم
ژٕلتھِ بیٚنٕہ ڈراکھ پتہٕ کنٛھ وارِ کھوٗلہم
سٕتے چھم وٕنتی رٕچھم وۄڈٕی پادنے تل
ژٕے رٕوس بیٚنہٕ کالٕہ سرِچھو ٹال وٕولہم

یو بیٚلِ آیوس ڈٕوٗم سوٗرے چھِ مٕشیونٕے
پتو عِصہٕ آم گھنڈٕی پھٹ بانہٕ پٕروٕنے
نہٕ پوشان ان نہٕ ٹھہران زِل چھِ اتھ منٛز
یہٕ ژھا پوٗسٕے توٗتم کِنہٕ پاپھ مٕشیونٕے

ہمے ونتم کیا ژٕ اُدسکھ کرنہٕ آمُت
یٔتھٕس مِسکین گرِس کتھ پھِر نہ آمُت
نہ پوشان آن نہ پوشان واو کاوٕس
ژٕے ماچھے پان کھِر دُن مرنہٕ آمُت

گوٕرِس پرمیشوٕرِس ونٕد شہیر پادَن
زٕٹھہٕ کوٕچھِ منٛز ہمے ہاوِن گیانہٕ سادَن
کھِنس اندرٕ منس وِشرام میثولُم
دِنس منٛز شروژ ہوُن آتمک دَن

ہیوٕتُن کرِکِھ اَنٛدرنا ہے ناتوانس
ژٕندن کُلِہ کُے مُشک پھاٹیو جہانس
گوٕندن ہیوٕتمس تہٕ گوبِندٕ گوہمے بوٗزُم
پھوٕہی پھوٕش ہیٖوتم آسمانس

سہ کوٚت سأ گوٚ ژٕے ہیتی یُس اوٚر آیوٚو
اَتھس اتھٕ تھپھ کٔرِتھ سُہ تہٕ یوٚری ژالوٚو
اکے ژٕبرٔنٛد گوٚسہ کمہٕ واوَن ژُلِتھ نیوٚو
زبر کٔبا اوس خبر کَس ماجہِ زاوٚو

بہ کتہٕ سأ آیہِ یدٔلوٚ ماز دزٕہ ہچ
بیأری کٔنز آیہِ لے سینار وزٕہ ہچ
ہُتین مہارازٕ مہرٔینی ہیتھ چُھ توشان
چھیا فُرصتھ یمَن فتنن تہِ سٔرٕ ہچ

چنٛدس گنڈِتھ سام ۂینی پٔنٛس گرس منٛزٕ
چُھپے پلہِ کیٚتھ نہٕ گنڈِتھ اِدٕ بازرس منٛزٕ
اتھس کیتھ ہُنٛد ژوان کُس وانٕ والس
چنٛدس وشنیر ہیتھ یکھ . آدرس منٛزٕ

گرٛھان کوٚت چھُکھ ژٕے ماچھے پان ہُرُون
اپاری چھُھنہٕ سُسم نہ کُنہٕ کانٛہہ تار ترُون
وَسان مُتی آب زن سُہلاب آمُت
توٚے کُنہٕ پاسہٕ چھُنہٕ سیٚود تار ترُون

خبر چھے راوٕنس چھُنہٕ راج پوشان
گرِس دوٚر کِن دِنس چھُنہٕ داج پوشان
ژمَن رتھ ہیتھ یہٕ کینٛژھا پانہٕ پژاوکھ
فقط اُتھی یوت چھُنہٕ تاراج پوشان

پکان اوسُس بو مُشرٕکس نا توانا
دِین سوزُم مٕتے رٕہبرٕ مہر بانا
اتھس کیتھ پیالہٕ ہیتھ بیٹھو ژُھم مٕتے ساقی
چھُہ چاوان موٚے نہٕ ووٚنہٕ واراہ چھُہ باقی

دیان ژھکھنا بوچھس مالکِ بہارُک
زرُک زیرک نِشاطُک شالمارُک
یہ چھےِ سوُرُے مگر بُتھ چھےِ تُہُن لد
یہ ما چھےِ ناز مولُت وازہ کارُک

خطا چھم یِی مےِ ما زونکھ ژٕ کیا چھکھ
شُنِس دارِتھ زگت پارِتھ ژٕ کیا چھکھ
وَنان چھی ڈٕنیتہٕ وَنی اسہِ ژھپہٕ کُنہِ کینہہ
مےِ وَن زینتھِ ژٕ کیا ہٲرتھ ژٕ کیا چھکھ

وَنس مَنٛز دِدی وَنس مَنٛز کیازِ ژٕولہم
بو وِنہٕ کِس کالہٕ سَرِتھ نال وٕولہم
شہس شوٗبیا ژٕ شرن سنی نیاے لاگُن
گیس پٕرھ شرم ژٕ یا اَتھ نظرِ ڈٕولہم

ژٕنے آسکھ ہٕٹے کتہِ ہنہٕ آتمک گیان
چھُھ باسُن آسنُک اکھ میٹھو ٹھ دردان
لُبِتھ راوان تہٕ راٗدِتھ پان ہاوان
چھِہ دوہ شوے اکھ اُکس نِشہِ پان موہراوان

ہٕٹے کر وٕونمے ہٕٹے ہاوُم کانٛہہ کرامت
ہٕٹے کرتم کتھ کینْھچھے چھم بٔڑی رفاقت
اگر وتھ رادِ کینْھ ہاوِہم ہٕٹے پرٕ کاش
کینْھچھے ییٚلہِ رادِ نیٚلہِ موکلیہ حرکت

پتھر بیٚہہ بابہٕ ونتم آبہٕ کتہِ کینْھ
بہہٕو اُنْد کُن بتہٕ خلوت جاییہٕ کر کینْھ
چھِہ ساری دٕل بِلِس منٛزر ولِنہٕ آمتی
یہِ کھُر نکلن کیٛرم اٗندری ہٕمے حرکت

گوٗرس پرمشوٗرس آسِن نمسکار
ژٹِتھ لوٗلہِ مَنٛز تہٕ ڈیٚنِم ساگرس تار
بو اوٚسُس ییٚپہر گوٗمُت تیٚپہر آران
مرُن اوٚسُم ترُن اوٚسُم مےٚ دُشوار

ہےٚ کیا موٗنگمے ژہٕ ناحق کیازِ روٚٹکھ
ژٕٹِتھ مالے کھٹِتھ بُتھ کیازِ بیٚہوٚٹھکھ
یکان اوٚسکھ ژہٕ آدی سانہٕ آنگنہٕ
قسم چوٚنے لیوٚ اندری سےٚ ڈیوٚٹھکھ

ٹیٚنشہِ سوٗزِم تہٕ دوٗیمس یار ژھارُن
دِلس دِل دِتھ دوٗیمُس دِلدار ژھارُن
اَچھِن ہُنٛد گاش سوٗزِم وتھ ژرے ہاوی
تہس شاہ ڈیشنس تامُت چھُ پرارُن

بوٚ یِمہٕ ہے ژوٚرہ ونکھنا یوٚرہ یِکھنا
ژٕ یِکھنا یوٚرہ پٔرچھم یا پوٚرہ یِکھنا
اۄمِین چھُم گاش سورٕ بوٚہُت خبر چھِپے
سگان ہی ڈۄرہ سہ چھاونہٕ یوٚرہ یِکھنا

ژٕ ٹھنہٕ نالو مۄدُر آلو ہیٚے بوٚ زُم
مۄدُر آلو ہیٚے زمَن ہُند ژیوٚدُے چھُم
بیہٕ ہے آلو ہیٚے سکاسہم کرٕرٹھ دَر گتھ
بشارتھ چھم ہیٚے ونہٕ سمبدھ بیوٚدُے چھُم

ژٕ کُمر لوٗگمہٕ ہتھس یتھ بیچھ گامس
بیتی سارٕی انہان چھی ژریشہٕ دامس
یُٹھتھ چھِپے زلوٕ ژٕے دٔرامہٕ ژٕیشہٕ باپتھ
موٚفس منزل گیی ژندٕکھ آرامس

گنیم یٚیلہِ کل تہٕ پانے ڈٲگلہِ شیٖشکل
بنیم منگل تہٕ پھرز لیسم ٲوگہٕ وُزمل
وِہراٗرُک ناگ منکی باغ شیٖبرن
ہیٚے پیٚنہٕ نے یاہٕ بلہٕ چھُیم چوٚن سہٕز زل

چھُہ چِت ژٔندرمہٕ کرُن لے آتمہٕ بانس
موٚژی پیٚتھ کُن بِہ تی ہلتھ بیٚہہ تہٕ پانس
منس یٚیلہِ چِت رلیو پھل ڈراو آتشَد
دُیت گو دوٗر اگیانس تہٕ گیانس

سُنے وِوُنیا بہِتھ ژٔرِن بازرن مَنز
لگِتھ ژٔریشوے زگت وِپستارن مَنز
گژھے پانے لبان راوان چھُہ پانَے
ٹھکان چھُہ نازہٕ رِہ پانس زہارن مَنز

وُلنِهٕ وَسواس چُھم اطِلاس باسان
گرٛشھان یَتھ ساس تی چُھم خاص باسان
اُبرِم ساسَس ہٕنٛے پٔڑے اطلاس رودُم
منُگ محرم ہٕنٛے چھم اکھ داس باسان

لنگس پیٹھ ٹنگ پرٛنگس پیٹھ زنگ چھ جارٕتھ
مَتَن کُر منگ نہٕ کرمن کُر نہٕ شرکت
کھیوان آسٕ گاشہٕ ٹنگ آلٔرٕتھ پٔرنگس پیٹھ
مَتَن منگ کُر کھنگ تَس رُود حسرت

اُشس ئِہ دگ دِلس لوٗگ نار اُنٛدری
کران گُس تام وہکھتی سکار اُنٛدری
نہٕ ٹھہرلو اوش نہٕ شہلیو نار جگرک
یتیہرٕ اور دوٗر ہٕیٔے گو وٕتہ وار اُنٛدری

چھُہ سونتس ژھل تہٕ ہردس بل چھُہ لاگُن
گُنٛلِ ہٲبِس ووٹل ژھانٹل چھُہ لاگُن
کرُن ژھل بل نہٕ پھلہٕ پھلہٕ کھل چھُہ سۆبیرُن
ارگ ژٲرِتھ چھُہ شیوس پوزِ لاگُن

اُنن چھُس اَن رُنن چھُس یوگہٕ دانس
چھُہ ارتامتھ سٕے رۆزنُت یوگہٕ دانس
چھہِ یوگس روگ یوگس پرمہٕ آنند
سُہنِتھ پنٛزِ تیل پھۆل کھیٚون باگہٕ دانس

گنٛدٕ ژھوٚہ ہولِ گنٛدِ تو داد کیا چھُم
سٕے آمِژ گولِ وُنی تو ناد کیا چھُم
امانت پٲران ہیتھ پٲران اتھس کیتھ
وسان رتھ جھولِ پیٹھ سمواد کیا چھُم

سُدا ساگر ژھٕچھکھ کر پۆر ہاوس
سُدا چاوُم سُرا تھاوُم اباوس
سداچِت میلہِ ہیےٚ سٔے تہٕ پرم آنند
سُرا تیتھیاگِتھ ژٕلیم کُرہنیٚر ہیٚے کاوس

کنَس کشنَس چھنا اۆڈ شرٛنٛر تہٕ فُرصَتھ
ژٕیکھ سایٚ تۆرِ واتےٚ وٚیٚزٕ ہیٚے چھم وَتھ
اکِس گدرِس ہیٚے چھُم شُرہمَن زٔنم دِیُن!
کنیا دانُک تہِ اکھ رُت سکار چھُم پیٚتھ

خبر چھم سکال چھُھنہِ اکھ ژٕشیہہ تہٕ پٔراران
بہٕ کتہِ ہیکہٕ ژوٚرِ رٕونتھِ چھُم سُہ ژھاران
نِوان گُنہِ جایہِ کھعونہِ مَنزر باشہِ کرُون
گگن وانُن تہٕ ہرانن چھُھ ماران

اشکارن چھُنم گوڈٕ ناٚل وٚولمُت
نہ بوزُن چھُم تہٕ بوزُن چھُم مےٚ چھوٚلمُت
بہٕ ونہٕ ہےٚ اکھ کتھا بنہٕ کرٕودھ کھارکھ
ژٕ زامُت چھُکھ مےٚ نشہِ چھُکھ ژوٚرِ ژوٚلمُت

ژٕ چھُکھ یَن پن نُلان اکھ بیٚرِ کاٚنس
مےٚ کُھر آمُت چھُم کرمس سُترٕ کاٚنس
تگن گوٚر چھُکھ تگن چھُے باگہِ آمُت
رٚوٹھ اَور اَور دیٚنتھ کُھرِ لد مےٚ کاٚنس

وسکھ نا مارگن منٛز نباے اٚنزرَد
ژٕے امرتھ چوٚن مےٚ وِہہ تےَ واے گنزرد
زِچھی گو پوٚز زِٹھس گژِھ ناب آسُن
کرکھ نا تشل دِلن ڈب راے گنزرد

رتَن دیپک گپھوک شمَشے چھُ ٹراوُن
رنن گو من پنُن سُے آلہٕ ناوُن
اکی آلنہ نہٕ مبلان پریہٕ شاَ ثنی
مٕنے منہٕ ناو چھُ منتَر یاد تھاوُن

بٕرِتھ پیٲلن چھُ مس چینہٕ وول چھُپنہٕ کاشہٕ
مبک پےَ ہاوِ ژُک ہینہٕ وول چھُپنہٕ کاشہٕ
کٔران سگاَتیاہ چھِ اپٕزٕ بانڈٕ پاَ تھٕر
چھُ وایان ڈول گیونگ قول چھُپنہٕ کاشہٕ

نہٕ وُچھنے توگ نہٕ زونُم لعل موٕلہٕ وُن
چھٔونے واہ واہ کٔرِتھ حسرت مٔے للہٕ وُنا
چھُ سٔم تِم ییِم چھِ کِنہٕ مُنٛزٕ لال پٕزٕ لا بٕ
سِپٔے گٔیہِ ستٛ پوٗشٕ چھُکٔہ باغ بھولٕ وُن

بٕہی کھاتاہ چھُہ ماکُنہٕ جاپہِ چھو ونٔے
ژٔے یِی زٔیوِ ڈرِوے تِی ہیٔے پٔور ہونٔے
لَتن ہیُنڈ ماز لار یٖومت وَتن چھیُم
اَتھس کیتھ ہتھ بہٕ چھُس پٔلہٕ ہور پٔروٗنٔے

خبرٕ کیتھہ کٔنہ بو وُتٕس ہتھ شہارس
یٖیتے سأری ژٔلتھہٕ نفسٕے امارس
اَلِن گوںہٕ کرنہٕ اَگی متھِ کھسل بناوان
چھُہ کیاہ مولہٕ وُن بہتھِس کھرٕ گاٹہٕ جارس

ڈنگل ڈانگل وۄڈل ژھاژل مہ لأگو
مُشتھِ کس تام سوٕن گو تتھ مہ زأگو
ستوگن سون چھُہ ست گرِژھ یار آسُن
سَتس سیتین ستُک یارٕ لأگو

مےٚ نٕتھاوٕ ملکھ من آکاشس ژٕ کھٹی کھٹر
ژٕ نیران چھکھ ہینڈر زنٕ پانٕہ پھٹی پھٹی
گژھے وۄ تلان بوڈان گاہے دِوان ژھوہ
گژھے مایا وٕلتھِ سپنیٚ یہِ ژٕڈی ژٕڈی

مےٚ دِہمک چھم ژےٚ اہمک بار چھےٚ نا
مےٚ گلہِ زلو چھم ژےٚ خوش گفتار چھےٚ نا
مےٚ چھینہٕ نِکرہی نران کانٕہہ عیون پانٕتھر
بو چھس بدکار ژٕ بخشن ہار چھکھ نا

ونان سأری دیاساگر چھکھ ایشر
دیا رویس ژےٚ چھےٚ دِہن دیا کر
مہ وٕدِناو اسی چھنا زٕری یات بچأنی
عیالس کرٕنی شٔبان چھےٚ مأتھر

میٚے ما پۆژا کٔرِے کٲیا ہُنٛھ یہ ہاوے
کھیما کر ایشرو چھُس مۆرکھ باوے
کھیما بوٚز میٚے کرِکھ ژٕےٚ کٲیا گژھی کمہ
رٕوٗنگم ما ہُنٛھ موٚنگم ما سوکھ پٔتہٕ ساوے

ہیٚبوتٕن دۆرُن میٚے یاوُن راے پانو
یِوان کُنہٕ چھِمہٕ ڈٕرانٛٹھی ژھاے پانو
یہ چھاٗ ردٕ لوسُمت کِنہٕ گاش سوٗرُم
اَچھن ڈرامِشٕ میٚے ژٕن چھم لاے پانو

بوٗچھس زانن ژٕ نٔوی نٔوی کٔرِشمہٕ ہاوکھ
یُسے ناٗمِب پتہٕ سُے ثالِث بناوکھ
ژٕےٚ کٔن شبدن اَہری کتہٕ میٚثون بوزکھ
کرکھ پانٔے پتہٕ پتہٕ یِیےٚ بادِ نھاوکھ

دٔدُپن بیٚون نیبرِ بأڈن رازے پٔنٹٕے
گٔیم گلہٕ زٕلو پٕھرِم ٹھٔھراے پٔنٹنی
أچھن ہُشد گاش کھٕمبو راہن تہٕ کیٚنٹَن
مٕے پأنس ولنہٕ آیَم ژھاے پٔنٹی

پٕرزٕھنہٕ پأنس نہٕ أزھنہٕ پأنس مَنٛز
وانہٕ وآلسِ چُھہ مال وأنس مَنٛز
ٹھانہٕ بانَن سیلے تہٕ گراکن ژٕج
نارسایی چھِ ناتٕوانس مَنٛز

بہتھِ تختس ژٕ اوشکھ رازٕ پأنس
بنوٚوتھ ژٕیے کوہمہِ رانہٕ پأنس
ژٕنتھِ وہنجن تہٕ ژأرِس دانسے پیٹھ
تُھکٕنتھ ہارتھ موٚلتھ نوٚو نازٕ پأنس

ہۓ کیا چھُم تِی دِیے کَتھ چھُکھ ژٕ پٔراران
ژٕے چھُےسورُے تہٕ ونہٕ چھکھ باہنہٕ داران
سوٚنچہٕ مَشدورِ روپہٕ تالو ژٕے تابلع
سزران کوٚہنہٕ چھُکھ رَژنا چھُکھ یان کھاران

ہۓ چھُم گوٚب بور کھوٗژمُت ناتوانس
ژُلِم پانٔے نہٕ بیتہٕرُن چھُم ہۓ پانس
اَسۍ وٕذ وٕذ سۭتھ توٗژھ راوٕ رآوم
کوٚرُم گیٛشد یپھوٗرس بو یآژ پانس

ژٕے ماسۓ مول میثونُے اور وُچھتھ
ہٕنتھ کِنہٕ ژٕور کُنہٕ قسمِ بپھور وُچھتھ
ہے گیہٕ غفلت شہ زن ژُول واو لآگتھ
اَنھس کیٚتھ ہیتھ ژلان پلہور وُچھتن

ہمے کر وَوٗنے کرکھ ناکیٚہٕ نہٕ یارٕی
منگُن گوٗ بٕتھ زنگُن چھپنہٕ دوسدارٕی
اکُے شر چھُم وندے مَن شُنہٕ روئیں
ونیتھ مانکھ نہٕ ارمان ڈرایہٕ سارٕی

ہمے کیا چھُم غم ہمے کیا چھم سم منگے تی
ہمے نے سوٗرے چھُہ چوٗنے چاٲنی چھم ڈری
مہ اژنے کاٲنبھ بیچھ دِ ڈی آیہٕ برتَل
مُہ درشن ہاو آہتی آش ہیتھ یچھی

ژکیا زوٗ ٹھکھ نہٕ بنیوٗ ٹھکھ زوٗر ژھیچھ دِتھ
بٹری گرہٕ بہشٕر کڈٕی کُس زوٗرہ بشھیچھ دِتھ
ژ پانے نیٚبراسہٕ بُتھ ہاو نیرہٕ مَسل

مہ کرہ وودٕی ژیر مہ شِھو ڈیڈ ہن کلف دِتھ

نہ ژٕےٚ پُھرژتھم نہ مےٚ پُھرژ ھمے ژٕ کُس ژھٕکھ
اَکِس اکھ آسۍ اَسۍ دوہہ رات سنُوہ گُکھ
بو ما ژھُس ژٕے وِلتھ مایاہِ مُکرس
کرکھ نا مشُیل تہٕ ہوٗگو آتمُک سوکھ

مےٚ کیا روٗپس کُرِن ہتھ ژھُکھ تہٕ تثُتھ ژھکھ
مےٚ آشِو پان تھوٚوُے روز سنہوہ گُکھ
نرآشَس آش تھو پھرا کاش ژراوُم
وندے من آش توشو کاستَم دُکھ

بو چوٚڈُس ساقین مس ملرِ بُرۍ بُرۍ
خُمارِن لولہِ کی گوٚر مُت ژھُپَنس ہُرۍ
ژھپےٚ یےیے ژٕےٚ تہٕ ماے ووہلِہ اَرسون راتس

یہ مس چوٚمُت ہےٚ چوٗنے ناو سوٚرِ سوٚری

ژئِح کلاٰہی چھِہ راہ گُمراٰہی
آہ وُو وُو چھِہ کس بناں آہی
ساہِگی ساہِنا چھِہ ساہِن دھن
ساہِ اَسِتھ کران شہنشاٰہی

ژِ تھاوکھ سگ لدِتھ ییٚتہِ راگہِ باغس
پٔتو کڈنے ژےٚ پنٕنژٕ آلیٖ واہا گھس !
ژھِو کیٚتھوُت شاہ تہِ راگک بادگوٚب ہیٚتھ
اَتھس کیٚتھ بُتھ تہِ ہاوکھ کیاژ ِآغس

ژٕلِتھ کوٚت چھےٚ گژھُن ژےٚ اَن بنس منز
گھٹِتھ روزکھ دٔٹِتھ کڈنے وَنس مَنز
ژےٚ پننی ہاتِہِ چھِی نا نیٚیاے لاگتھ
سوہ گالِتھ بیٚیہ تہِ نٕنِ نوٚنا آنگنس منز

مےٚ کیا چھُم تتھ کرُن یتہٕ سار آسہٕم
غرانس پیٹھ بہتھ شاہمار آسہٕم
زرو زیور سُھون یا راز دأنی
مےٚ دِم تی ہتھنہٕ پتہٕ کاشہٕ لار آسہٕم

اگر دِل ژراوِ دِلبر گوٚژھ نہٕ ژراوُن
اگر من رلوِ منتر گوٚژھ نہٕ راوُن
یِہے پژرکرتھ چھےٚ انہٕ ژھیتھ نہٕ سموت
یِہے پژرکرتھ چھےٚ بژرم بلیہٕ ہأری باوُن

چھُنے ییتہٕ کینہٕ یہ کیا تام پادٕ کیتہٕ گوٚو
ژیتیے کینہٕ نے بوتیے کینہٕ نے پتہٕ کیا گوٚو
یہ کیا حیرت یہ ماسکا شہٕ جأدی ہا نکل

ژران کینہٕ نفس اندر ترِبھون کدِ کھڑ زِلو

پناہ منگہٕ منگہٕ کلسے یم زلوٕ دیٖتھ ما
بوٗڈے اسیتھ اوٗڈے آلو دیٖتھ ما
ڈرٕ منز چھس کٕڈر چھم وَنھ نہٕ فرقت
بوٕ وِدٕ گوٗتاہ ژٕرے پامن ٹکھ دیٖتھ ما

•

بہٕ چھا دِل میوٗن تیلہِ کوٗنہٕ آو پھیرتھ
ییتم پھرے چھُ گوٗمت ژھالہِ نیرتھ
ہنٛگٕن ہیٖرن چھُ پھیراتھ وِشہٕ وِش چیتھ
بہان چھُینہٕ ژاہٕ ٹھکانس دارِ بَر دِتھ

ہے دار یم گُس ہے چھینہٕ ڈگراونہٕ کل
نہٕ چھم اپزے وَنتھ ٹھکہٕ ناونہٕ کل
بہٕ آسم باگہِ تی واتہٕ سم ہے پانے
ہوس تھاوِم رٕوس پُتس ژاونہٕ کل

یمے پرواز، تسچھ آدم تمو ژوٹھس پہ پانس تل
بنِزن ساری ژٹکھ تھوٚوہس کھٹتھ ہچہ آسمانس تل
متاع محفل ژندان اوسُس ستی باجن منز
یمو اوس ژٹتھ تھوٚوہس ڈیتھ لو سرکھ واجن منز

ژھٔچھکھ متانہ زانکھ کیا مے کتھ گو
ژٔتے ستی یارانہ کوتاہ کتھ مے گڈرپو
ژلان چھکھ ڈال دتھ پوٚت چھکھنہ پھیران
مشان چھے وعدہ گوٚ ژٔرت لوسہ تیلہ ژو

حسابس منز تپلنگ وچھکھ مے واقعی
دہن دتی کاہ تہ بیہ دہ دوابہ باقی
اژن مشکل یتھس میخانہ تھانس
مگر کیا ہتھ اَتھ چھم مے ساقی

نوابے صُبح گگأہی ٹوٹھ یارس
مُلکہ سوزان چُھ تودَرے زار پارس
چھٹے بیے دگ زیٔبے تہٕ سگ دِتہٕ پوشہٕ باغس
ہواے صُبح پھولہٕ نادان شہارس

مُنگ ہاوُن ووشدُک باوُن سَہل چھا
وَتن ہیٚتھ سیر ویٚژھناوُن سَہل چھا
چھِ زالنہٕ یَر پیوان یٚیژھِ مایہِ بوشبرس
شمَع پیروانہٕ ہِلناوُن سَہل چھا

غُبارَے راہ دِلبر پوشِش مَن
ہواے کوے دِلبر نوشِنِش من
نہٕ داریم نگاَر از او سایہٕ برسَر
بنازِم بر کرم سر سایے من

ژٕ کنھ چھکھ مۆت گومُت اتھ باندٕ گامس
گمِس ڈرامُت طمع اتھ راتھٕ گامس
نۆوُے نۆو پانٔھراہ نۆہ نۆہ چھ مسخر
نۆے درزاہ نۆوُے ماگُن نۆوُے رس

دِلس رۆشتھ چھ دِلبر شاپ کیا چھس
گُلس رۆشتھ چھ بُلبُل پاپ کیا چھس
دِلس بیٚیہ بُلبُلس گژھ تاب آشن
غلط زو عاشقس انصاف کیا چھس

عشق آوش ژالہِ ژراوان در جُدٲیی
خوداییس راوہٕ زن چھس خودٲیی
لُبتھ راوان تہٕ راوِتھ ستر روزان
گِنڈان ژھیپہ ژھارِ بریا دارِ خواہی

مسہ کر شور ہن کھنڈ مور پانو
یہ چھے گوٚب بور ہیچھ رٹھ کھور پانو
وِسان آسکھ چھِ باغس پوش پھلِتھ
گوٚمُت چھے بٔل یہ چھے ارکھور پانو

ویان آسکھ بہ دشرِتھ راز چھس نا
وُچھان چھکھ نا بنیوٚمُت واز چھس نا
پگاہ یا کاٰنٛہ بیلہِ پیٚیہِ سکال وأنِتھ
وسانس کھارنم مہراز چھس نا

اَست اُشچار نِش گزِتھ چور لاگُن
دندن تل زیو رٹِتھ فتہ فیثور لاگُن
ہنیچ تھتھ ہیتھ چھِ اپزِس موٗل گاہنی
پوٗرے پوٗرناپہ اپزیک بور تیاگُن

ہے چھم بوزِ ریپہِ شکھتی روٗ ٹھر از
منس مَنٛز چھم وِکارو لاٛجہِ گٔرز
مَن دٔریودھنن سوٗمیر آدی کورو
منوہر سارتھی بنیہِ تاٛے نِشہِ از

ژھوکنِھ شاہ ونہِ کم اَرمان نیران
ہوکھتھ چھا پوشہِ تھرِ نے ہوش پھیران
جوٗانی منٛز کرِ نی گژِھ جان فِشاٰنی
ہُڈتھ بٔرِ یٹھتھ چھُھ پتہِ سٔہلاب پھیران

یہِ کلہِ یوٗگ منشہِ ذاتھا ژراپہِ کتہِ نٔنی
نہ پوٗزان شِوٗنہ چھکھ پوٗزِ تی نگان گٔنی
وٗنان شوٗس چھِ شوٗ برہمس وٗنان بھرم
شٔدان گوٗساٛنہِ چھِس وِدہ بران ماٛنتھی

بہ کمہِ پھِنڈ بازِنے مٔلہِ ہیٚوت یہِ شُشنیاہ
ژُلُن کیٚتھ گوٚب بہُن کیٚتھ لوٚت یہِ شُشنیاہ
دیپان اٚتھ منترِ شرپان اٚتھ منتر چھُ سورُے
ڈیوٚ ٹھُم سیٚد نہ ڈیوٚ ٹھُم بد یہ شُشنیاہ

نہ دونی وٚیدو تہٕ اُپنِشد چھِ باوان
ییٚرژھان ییس سُے چھُ اوٚنگجو ہستی ہاوان
وَنان سارِی چھِ ہرِ کٕھرِ ٹاکی کھآرتھ
نِشانس پیٚٹھ چھُ ما کانٛہہ رٔیو شرِزاوان

یوٚہے گو کیٚشہِ نہ کینٛہہ نس منتر چھُ سورُے
مےٚ چھُنہٕ فِکرِی تران تیٚلِہ کیٛا مےٚ لورُے
چھُ کیا ژراوُن تہٕ یَتھ کُن کیا چھُ تھاوُن
گُنڈِتھ کتھ کیٚتھ مےٚ بۆتہٕ گۆنڈِلا شِبہِ لورُے

نگن گوٗر کُس توٗگُس میٚشرِ تل تھوٗن سوٗن
تُمی آسِتھ تھوٗن ملوٗن کٔرِتھ دودُن
اٚدگُن کیا گو دوگُن کیا گو یہِ چھا پٔرژھن
نرگُن تے چھُس وٕنان ژوٗرِم نہِ نِرگُن

نرگُن پیالہِ گو تہٕ آیس کیٚنُت بسو دوٗر
وٕنان ساری نرگُن پن گو سپٕڈا اوٗرہ
نرگنہٕ پتہٕ ژھیپھ ہیوان شُنیایہِ تھائس
کھٔٹِتھ روزان چھُ زن مہریٚتس دوان نور

طمع چھم نیا گژھان اُبتہِ اول وُچھا
بہتھ کِتہِ ماج وُچھن مول وُچھا
کموٗ روٗچھس کموٕ یدِ چھی وُنہِ سپٕد
کموٗ لا نوٗ مٔٹے ہیتھو ارزول وُچھا

کرُن گژھِ سکار سَت وٕژار تھاوِتھ
چھُ شُتوٗمُن نار اتھ رٕچھتھ دار ژراٗ وِتھ
پٔتم پھٔہرَن وُنتھِ گژھِ باغ سگہٕ دُن
پھوٗلی گُلزار شُشکِل دامہٕ چاٗ وِتھ

چھِ باغس ہی نہٕ مسول بوٗش کھاران
ییٚنبرزل ژرن رنگن ہُنڈ روٗپ داران
پھُلے باغٕچ وُچھتھ گو شاد بُلبُل!
مُدا دارَس وُچھتھ اوس گراہِ ماران

وَنس اندر گُلِک کٔج آس گاٹِژ
پراہِ یِہ ژھٔنکھ گژھ پٔژھ مہٕ رٕژ پھیٹِژ
گہوٗن ہیبلہ لکلہ ہیوٗت گووند گوبند

پراتھنہٕ ییٚنہٕ چھِ گُلکا دُرٕ ٹھی آمٕژ

ژھ چھکھ دانا نہٕ بینا پانٔز پانے
برتھ دانش ژرے تھاوِتھ موکھتہٕ دانے
ربابس چھے نگان مِضراب لاگُن
ضرب دِتھ ضربِ جگرس نر تلانے

دیُتھ پوت دار آلو ہوش باہوش
ہوا مُشکبو تہٕ گوشن پھولنہٕ لگ پوش
دِلچ دُبرائے ہنتھ شرتھ مائے آہم
ڈلس مانسبلس ہیلر باوِ پمپوش

صدا شیوس چھہ تارن تار سارٕی
اما زیوس نہٕ آہنٔ گرژھ تیارٕی
وِشے وِش آسہِ ییمی چومت تمس کیا
تمس موکلاوِ کُس چھس نا تیارٕی

بوتٕے ژٕبٕے ہتٕی اوسُس تورٕ آمُت
ژٕ کتہٕ بیوٗ ٹھکھ تہٕ سالس چھُکھہٕ آمُت
مےٚ ژھونٛڈکھ مارکن مٕنٛزٕ، تارکن مٕنٛز
ژٕ ماچھُکھ اورٕ آمُت یورٕ ڈرامُت

پرژھم لوٗکن مےٚ ہتٕی لیس اوس کوٚت گو
نمو اوسہم تہٕ دوٚپہم شنی ہٕس کھسو
ڈٕہکس تس اوس لیکھِتھ ناتہٕ ناستے
شہ ژوٗل نستے سپدٕے یوٗزُن نہ آلو

زہر خنٛدٕ و یٕہے کوٚرہم پارٕ جگرس
پرِتھ رتھ ماز نٕنگ گیہٕ تارٕ جگرس
ژٕ تیٔے زانکھ گرژھان کیا حال بدنس
یِہمس آسن دزان انگارٕ جگرس

نفل ژرأوم أچھن وُچھے ژراوکھ
وُچھتھِ أشہ ٹأرِ دِتیے اژمآوِم قیامت
ڈیکس شوٗہان ٹیکس شَرخال ڈیوٗٹھم
ژودأہمہ زوٗنہ ٹأہتر پاسے ندامت

ژُچھکھ دوران اتھس کیتھ شر وژنگ ہتھ
بوٗچھس حاران کلس پیٹھ نارکنگ ہتھ
ژٔے لاگتھ یر پراچھنے ژریش چاوان
لوٗچھس وُسی وُسی پیوان اڈ کھور زنگ ہتھ

ودی گُس چانہ باپت کس ووُدتھ ژیے
گُمس پیالن لوٗرتھ بتھالس لوٗرتھ ژیے
وُدن پیالہ شوق چھُے ود پأتی پانس
ودکھ سنے پانہ پیالہ کس راہ لوٗدتھ ژیے

بہارَن لالہٕ زارن وُنُور گُمہٕ ٹُل
روس ہُشدس سِتارن گیٚوُور گُمہٕ ٹُل
وَنان سارَی چھےٚ مَن سَر آب چُھ کتھ
مےٚ پیٚیلہٕ گول نکھس پیٹھ پٔور گُمہٕ ٹُل

مےٚ چھُم تی پوٚز یہ زٕنہ اُچھ میانہٕ ڈیشن
کَنن ہیٚمہٕ ٹ چھمنہٕ پٔرُد کَن باوِ اَن بَن
اُچھو ڈٲلو نُمُم نہٕ کینٛہہ پوٚز اوس کینٛہہ نے
نہٕ آسِتھ گوٚر مےٚ کینٛہہ تُگ غُروٗر درشن

رنگن وُچھ وُچھ ژٕ گوٚمُت کیٚازِ چھُکھ تنگ
رنگن ہُشد مول آسان رنگ بے رنگ
رنگن پیٚیلہٕ حظ تُلن چھُے بے رنگس سن

ربود ہیمر لگ چھُ بدلاوان گُنہٕ رنگ

ژٕ چھکھ پتہٕ بوڈ نہٕ لتہٕ تل چھی ژے سآری
بجر چونے چھ موہٕ ناوان ژہ یآری
گژھی کیا کم مے چاوُم یوگہٕ امرہتھ
پرم دامو لگے ژرن بو یآری

چوان زلو ہتھ پھرتھ کینہہ یوگہٕ امرہتھ
پھران لآنس ژنوس ثرآنس دوان ثرنھ
چوان تشکل تہٕ مشکل شانت روزان
مکر سوران یمن زن مکرِ ترِ کنھ

مے ونتم کیا چھ کتھ کنھ کیاز ثرآوِتھ
مے سموت روزہٕ نچ وتھ کوہٕ بآوِتھ
پدمن ژورنا بو ونڈہٕ ہا سآر کھسہٕ وس
پرا روبس مے بُد گوہٕ واتہٕ نآوِتھ

چھُھ رُوشن پوٚز یہ ہے گو لول آسُن
اماہ وعدس ووفا گژھِ قول آسُن
روٚس ئیشدس چھےٚ بِلون اٚزلہٕ اَبدٕچ
توے بیاٚعلس انڈر گژھَ بیٛول آسُن

ہوٲئی ہاوَن کسم جاہٕ ڈٲلی ییٚے
کمن ہونین نیکوٚنین چاٲنٹھٕ ژھلی ییٚے
دِتیُم سگ کرِ دٕ ہتھ رٕنے پوش زاٲنِتھ
انہٕ کوتاہ تہٕ کٲتیاہ ہوش ڈٲلی ییٚے

ییٚے چھُم لوبز ناش چھُس ناشَس لوٚکھپہتھ
توے زوٚنکھ نہٕ ہیوٚکھ ژوٚدِ زہٕسپھ ہانتھ
ژہٕ چھکھ آکاش بھوٚلہٕ ناوان سِتارَو
لوٚکتِہ توت دانہٕ اٚدٕ کھبو بارِہتھ ہٕتھ

اَگر زَنہٕ دِل چُھہ ڈٲوِد مُت تۄتہٕ کیا گو
سِتیٚ زَنہٕ وٲنِتھ چُھہ وَوِد مُت تۄتہٕ کیا گو
ژٕ وُچھ دِزٕنۍ جِگر وُنہٕ چھُم تہٕ کَن تھَو
شُرتۍ دِزِ روزٕ پتہٕ مَن تۄتہٕ کیا گو

سکھر کرہ نبیر پانو سال ہۄ کلیو
چشٕمہٕ چھے ڈۄنٕ لُجھمژ نال ہۄ کلیو
گِٹھہٕ روزُن چُھہ نامُمکِن وُلِس ہمشہ
گرٛدھن گر چھے نہٕ مانا مال ہۄ کلیو

یِہ اَکدِ دوٚہے نہٕ تَرٛیٚ کیا چُھکھ ژٕ گٕنزٕران
پیتۍ دوتۍ ژٔرے انزتام زٕنہٕم اُشنٕران
چُھہ کتہٕ ابِ زٕیتھ سہ چھا زانہٕ دٕیتھ آمُت
ونیُویس لُکھ ژٕ کو چُھکھ پان اُشنٕران

# زلرِ زال

زال وٲنتھ نہٕ پانے گوکھ پامال
ہیا زلرٕ پانے وٲنتھ زال
نفسہٕ کرٕ ہیٚنزِ کفسٕک گوٚرے غربال
ہیا زلرٕ پانے وٲنتھ زال

مچھِ کلہٕ کھیتھ پچھِ ہشنر بوچھٕ ژھچیا
لچھ لٹِ اتہٕ گتہٕ چی گنٹہٕ گجیا
ییٚلہِ گژھنے کلہٕ کیشا ہاوکھ چال
ہیا زلرٕ پانے وٲنتھ زال

یہٕ ژٕنۍ گوٗمٕت تی چھےٚ گوٗمٕت مے
ہا زلرٕیا ژٕنۍ تہٕ مےٚ بٲپن ناچھنہٕ
رٕیتہٕ ساتھا نہٕ بنۍہ لوٗز میثون احوال
ہیا زلرٕبو پانٕے دٕوٗنٕھ زال

ہٕہ تہٕ اوٗسُس سأمی نٕیرٕن یوٗن
چھٕھم نہٕ کیٛہہٕ پے وٕولنس ہٕہ کٕتہٕ نوٗن
شُنہٕ رٕوٗپس مےٚ رٕکھٕتھ گوٗ ناکٕ جنجال
ہیا زلرٕبو پانٕے دٕوٗنٕھ زال

پٕنٕنہ بوٗتٕن کر مےٚ مِلوٗن چھےٚ گامٕتٕر
مَن نہٕ بوٗد میٲنٕہ تٕتہٕ کر چھےٚ پٕرکھٕٹے مٕتٕر
تھٕپھ اہمن دٕرٕشٕھم ہےٚ اد سہہ یا شال
ہیا زلرٕبو پانٕے دٕوٗنٕھ زال

اَشہِ دا پٔرکرت چھُے اپرا ما نا
پر پٔرکرت چھُم مےٚ جیوٗن داتا
پر اَپر چھِ پرات پٔر رکھپال
ہیا زلرِبو پانےٚ وۄنتھ زال

ہۄد سپدِتھ مےٚ سۄد کیا وتہِ روٗدُس
نژ ہِہ مُہثر مایایہِ چھُنڈ روٗدُس
کاراگر ہیہ مےٚ زونم ساتا مال
ہیا زلرِبو پاتےٚ وۄنتھ زال

رۄدِ ہُبرا ہرکُزٕ زلےٚ ہسے مَشنہ
ژھوژہِ اہمک باو ماہتھ کلہِ ہسے مَشنر
سہ دم کیا دِمہ بو آستھ شال
ہیا زگرِبو پانےٚ وۄنتھ زال

اشٹہٕ داپر کٔرت گبہٕ شِو شاکھتی
شِو گوٗشنز یِی چھےٚ وِیدہٕ آکھتی
شتیاتیت وٲتھِتھ ژونگا زال
ہیا زلرلو پانے وُنتھ زال

کھسہٕ وسہٕ چھم گانگل لوٗز چھُم ناش
مُہہٕ میگن سےٚ کھوٹنم انہٕ گاش
واسہٕ نابو وہروو زاوِیل زال
ہیا زلرلو وونتھ پانے زال

کاسہٕ کرٕودس آدین گوس وِنہٕ کس
ژیتہٕ وسپرتھ ژھینہٕ گوس رووُم جس
دیہٕ دِنہٕ تمشر ووُم تہٕ گوس کمکال
ہیا زلرلو وونتھ پانے زال

لۆبہٕ ژھۆنڈُم لنکایہٕ ہندے راج
شیو ناتھس تام ہیوٚت تمے اہس باج
ہیٚنہٕ راونہٕ زۆدُس تہٕ گوم موسکال
ہیا زلربو پانٔے دۆنُتھ زال

ژھیٚنہٕ نعمپر کینہہٕ تمے تہٕ سوٚکھ ژھورُم
کتہٕ روُدُم تُے پرتھ سوٚکھ ژھورُم
سوٚکھ ساگرہٕ اوٚشس مالا مال
ہیا زلربو پانٔے دۆنُتھ زال

سوٚکھ ژھانڈان کوناہ دۆہ کھتے پرودُم
یِی تمے پرودُم تی تی بٔنیہٕ رودُم
کتہٕ لنکا تہٕ کتہٕ زۆد زرتے مال
ہیا زلربو پانٔے دۆنُتھ زال

سمسارٕ پُش دھینہٕ سمپدا سرآوِتھ
ژٕریہٕ سنتان کھوٚتہٕ کھوٚتہٕ للناوِتھ
سوٚپنہٕ مایا آس زن مایا زال
ہیا زلربو پانئے وۄنِتھ زال

کوٚنہٕ زوٚنم بہٕ سوٚدرے چھُپنہٕ پوشان
بہٕ چھُہ پوشان تتھ کیازِ چھُس بہٕ روشان
تہٕ چھُہ میٚے نِش بے چھُس مالا مال
ہیا زلربو پانئے وۄنِتھ زال

نہترن گاش ژٕمرِ ژٕینُن زٕیوِ ساد
کنہٕ بوزُن ناسکایہٕ مشکُگ ناد
کرنہٕ ژٕینتن امہٕ کھوتہٕ تھدٕ چھا لال
ہیا زلربو پانئے وۄنِتھ زال

بوٗد شعوٗد کر پنٕنی کرٕ ژٲنتن
کیا چھُ سَنٛتے انہٕ چھُ وَتہٕ پیہٹھ من
شاںثت رٔوٗزِتھ بُراںثھ ستھَو پوشی ہٕ کال
ہیا زٕلرِو پانٔے وٕوٗنتھ زال

گوٗہر شبدٕس پیٹھ چھم تھیتھ تھاوٕنی
نیتیوٕ دِتھ سموٗت دُزٕ ناوٕنی
شکھتہٕ پاتکِ انہٕ گرٔییہٕ ممہٕ ہٕنہٕ لال
ہیا زلرِو پانٔے وٕوٗنتھ زال

چھُس بہٕ پانٔے شِو ہٕ پانٔے شکھتی
پاںٛزٕ پانٔے کر پننی شکتی
سپھہٕ رٔوٗتِس پننِس موٗوَن شال
ہیا زلرِو پانٔے وٕوٗنتھ زال

ژُنیاتیٚژہِ ژُنٛز چھُس پانٔے سبے
پانہٕ پَنٕنۍ پانہٕ لبہٕ. ژھانٔے بے
وچھ اِندرِی وَنہٕ بِیہٕ سوٚرتٔے تال
ہیا زلرٕبو پانٔے وۄنٛتھ زال

اَز پانٛزٕ پہٕ اَنوٚبھو ناوُک ناد
دچھِ پوشُپُر چھُہ بولان میٹھوٚٹھ سمواد
سَوہم سوٚرہٕ کھسہٕ وچھم زیپہٕ مال
ہیا زلرٕبو پانٔے وۄنٛتھ زال

نادے گو شرشٹِہ ہُشد آ گرٕ
ماٰیس نِش زامُت آدٕ مُیل شرُ
چوٗنے چھُہ ناد بیٚتہِ چھِنہٕ کاشہٕ ٹکسال

ہیا زلرٕبو پانٔے وۄنٛتھ زال

ژٕینہٕ ژٕہلِنٕ گَژھ ہے چھُس شمبھو
کالا تیٕتُت ہے چھُس سوایمبھو
ہے تینٕزِ گوڑٕ چھُس تہٕ ہے رٕکھپال
ہیا زٕلرٕو پانٕے وۄنتھ زال

پاَنٕ پانٕے کرٕ نا پانس گتھ
پاَنٕ پانٕے تھوٕنا پننی ستھ
نبر واسَن ہنہٕ کرٕ نٔاصن سال
ہیا زٕلرٕو پانٕے وۄنتھ زال

ہے سوکھ دوکھ پرچھُس آنند گن
ژٕرن بھوٕنٕ رائت کرٕ میون من
ستھ ہے چھُس تتھ ستی میونٕے خال
ہیا زٕلرٕو پانٕے وۄنتھ زال

کوچھہِ مَنٛز چھُم ژٕھوُن زٕنا دوٚدٕ شُر
بوچھہِ ہٕتمِ چھی دارتھٕ ہٕتے کُن شُر
موچھہِ مَنٛز رُڈٕ ہتی چھم ژٕنوے کال
ہیا زلربو پانے وُنتھ زال

شِو اَنہٕ گرٛٹہٕ وِنہٕ پیہٕ ٹسہ زلوس
ہنہٕ ہنہٕ یَس تیلی پَرٕ پنگ رُس
شِو شِوے ہنہٕ ژھٕچینہٕ مایا ژال
ہیا زلربو پانے وُنتھ زال

پُر نادس سادس ٹھو یُس کُن
ناد اپہٕ بھو کر سوڑے ترٕبھون
وِیاد ژلہِ تس ساڑے بنہٕ واچال
ہیا زلربو پانے وُنتھ زال

نادٕے گو گایتری بوز ہٕش وِتُھر
نادٕے گو ژوٚن وِپدٕن سنتوٗر
ناد بِھندو تہٕ بِنٛد گوٚ نادٕچ تال
ہیا زلرٕو پانٛے وۄنتھ ژال

واٗژ وانس زرٕ زرٕ چھیم سونٛات
چھُنہٕ کینہہٕ تی پننہٕ آسہٕ ہٕے نِشہٕ پرٛاپت
یاٗژ پانس چھُ پلزان کانٛشرھا خال
ہیا زلرٕو پانٛے وۄنتھ ژال

شوہم زِپھٕ نہٕ تھیتھ شٕھو پانٛس منٛنر
چھُنہٕ کینٛہہٕ ہُتھ پننہٕ چھُے پانس منٛتر
شانٛت ساگر آکاش بیٛیہٕ پاتال
ہیا زلرٕو پانٛے وۄنتھ ژال

گَھہٕ وُن رٕو وَسہٕ وُن چھے یِنٛدو
دۄشوے وِنی دۄہاوان نِنٛدو
بْرہمانڈس پیٹھ چھے شُبِتھ پْرتھ پال
ہیا زلربو پانٔے وۄنتھ زال

کیاہتامَت کرِتام گوٚمُت چھُم
ناد مۄکلٕمُت یہٕ مُہسں چومُت چھُم
راز اَستھ پاَتی پانہٕ گوس کٕنہٕ گال
ہیا زلربو پانٔے وۄنتھ زال

زِیتہٕ سۄدرس ترآوم یِسرونی ناد
مُہہٕ گٹہٕ مَنٛز ژھٔٹہٕ وُن وِشیٚک واو
یہٕ چھُ کیاہتام ژھٔل یہٕ چھے بدلے حال
ہیا زلربو پانٔے وۄنتھ زال

پنٕنۍ ژھل پانس پٕرزٕ ناوُن
پنٕنۍ زال پانٕے مُژٕ راوُن
سۄہم ہم انھ چھم ناو لگہِ بال
ہیا زلرِکو پانٕے وُونِتھ زال

گنتھ پراونی گیہِ ورتھ شُشیاونی
ست واکھو پرکرت ترپھیتاونی
نیتھ نیتھ نوُن اہکی وُستر زال
ہیا زلرِکو پانٕے دُونِتھ زال

پانٕژ موہ کتھ شِو پانٕژن پرانن پران
ماجہِ کُنڈلنی ہنٕدیم پانٕژھ سنتان
ژھینہٕ ژُوس پینہٕ گرٕہ زِکیھ موکھتس مال
ہیا زلرِکو پانٕے دُونِتھ زال

ناگہِ رٛوزِتھ پٔران بیٖلہِ پٔران پوٗزے
نیشکل ووٗرُ ادِشش سکل وٗوزے
رسہِ رسہِ کھس عبسہٕ عبسہٕ سوٗہم بال
ہیا زلرلو پانسے وٗوتھ زال

چھیپہٕ زانیے بہٕ ونہٕ کیا زلوٗ ٹھ ویاکھیان
زلو یاوِ چ زلو چھمُ سسوتہٕ اشزان
لوٗن آسہِ نہٕ للوٗن لولہِ منزلال
ہیا زلرلو پانسے وٗوتھ زال

بوٗزہینس مٔے ماج سینز ہاوِہم وتھ
گایتری روٗپہٕ سمووت نہادِہم تھپتھ
بوٗز بٔرم زلہِ بنہٕ گنڑھ مالا مال

ہیا زلرلو پانسے وٗوتھ زال

ہا سُمنتو گژھ کر پأنٔ پانَس
زیٖو باوِ پیٹھ وات دیٖو استھانَس
ترٲو آلُژھ پیٹہٕ چھُے دوران کال
ہیا زلرِو پانَے وُنُتھ زال

# غزل

سوٕران سوٕران پھران دِلس چھے دگ نہٕ تو تہٕ کیا
وُچھان ہاوتن اُتی لگان چھے تنگ نہٕ تو تہٕ کیا

اُچھن چھہ گاش پننہٕ گژھان ہو کھنہٕ زھوٗرے چمن وُچھ
دٔزتھ ہو کھتہٕ چمن وُچھتھ دیتُھ نہٕ سگ نہٕ تو تہٕ کیا

مے لولہٕ پننہٕ تمی دِژا بہٕ سپو کایہ دٔہ گندرہ
بنے یہ یم تہٕ لوٹرے چھہ یم نہٕ ٹھگ نہٕ تو تہٕ کیا

مے آش چھم ژہ تھاو ہم مے راچھہ پننہٕ ڈیڈہٕ تل
یہ چھا گپھانہٕ لکھہ ونن مے چون سگ نہٕ تو تہٕ کیا

شنکر چھُ چھمنہٕ مال زر تو رے مے چھمنہٕ راچھہ در
اوے ننگے نژان چھُس بے شور نبرگ نہٕ تو تہٕ کیا

دپان مے چھم یہ زانہٕ وٕنی ژٕے شاندار کٔرام چھے
خبر پوٚژرے یہ آسہِ ما چھُ مٔرگ الگ تہٕ توتہِ کیا

وُچھان چھس یہ خونِ دِل وسان چھے رۄد شرانہٕ زنا
ژٕے کیا ژٕلس ژھنتھ مے آبہِ لولہٕ رگ تہٕ توتہِ کیا

مے ہایہِ بُتھ چھُ پانٕسے تو رے مے ژھایہِ تھووُمت
ژٕے یوٚد چھُ ردیہِ دِل نشیٚن مے ڈٔونٕی اگ تہٕ توتہِ کیا

وُچھِتھ تھووُتھ ژٕے ہردِ کھل مے ہارِ ناپہٕ اُدرہٕ کھل
وُچھِتھ ژٕے بٔرون کھُٹِتھ تھووُت دِشیٚت مے زگ تہٕ توتہِ کیا

ہوکھان چھے ہردپوشہٕ تھرتہٕ بُلبُلن چھُ دِل دزان
وُکھ ووُن چھُ شاپہِ لدٕ لگان چھے لگ تہٕ توتہِ کیا

ژٕہنیر ردیہ ہنیر چھکھ یہ ہنیرکے سفار چھس
یہ چھس الگ توہٕ کیا ژٕ چھکھ الگ تہٕ توتہِ کیا

مرُن چھُ یاد یُس ژٕمس شُمت پٔرھاپہٕ راَچھہِ دَر
اگر وَنان آسہٕ نُس ہٮ۪ے ہیٚشُو تہٕ ڈھگ نہٕ تۄتہٕ کیا

# وٲنس

تۄہہِ کرٕ وٕنمو چھاوم چھاوم چھاوم کتہٕ ترچاوم وٲنس
ژٕرکرٕ ژٕ باغکی امبہٕ گُلی ہاوِتھ تمبلتھ چھمبہٕ ڈُلہٕ ترٲوم وٲنس

کھٕنہٕ کھٕمن دِتھ کھونہٕ لِلناوم روہہٕ منٛزلس منٛزساوم وٲنس
وہ وِہ اٲنٛزران ژٕہ گُنٛزراوم دِہ چھیپہٕ دِتھ لِلناوم وٲنس

کُنہٕ کھیشوم لِلوِتھ کُنہٕ کھیشوم لسہٕ وِتھ کُنہٕ ساوِتھ کُنہٕ پاوِتھ کھیشوم
منٛزٕ منٛزٕ کنٛزٕ کنٛزٕ پھلی سوٚمبراوِم پیتھ یانِتھ رٕنٛزناوم وٲنس

راوجہٕ زاوِج کیتھ یادِ پاوِم کرٕیتہٕ کرٕمن چھے ژیتہٕ دیٚن نوٚو
زاتکہٕ گاتک گرِیبہٕ گُنٛزراوم پنٛڈی تن اتھہٕ وُچھناوم وٲنس

یاوَن ہوٚ ہوٚ شراونہٕ ہی زن پھوچھر دِہہٕ کس باغس منٛز
چھاونہٕ باپتھ اڈٕ پھوٚلی ہاوس داوس لاگِتھ تھاوم وٲنس

کٕرِیچھرٕ ژوٕلُم میچھرٕ ژھونٛڈُم یُہ چھُہ کُنہٕ رادے نہٕ چھُہ کُنہٕ ہوٚنٛز
اَن ہیوت گارو گرکیپہٕ روٚتے کھوژِ شوٚرٕ وٕدٕ اداکتاوم وٲنس

ہمنی ہیٹی پژووُم تی تی رووُم وُذ اوس مے تش وُذی کوٗت گو
ہنہٕ ہتہٕ ژھونڈُم کس وتہٕ گوٗت گو کنہٕ پلتے کلہٕ چھاوم وائش

بر بر پھیرتھ گر گر ژھونڈُم نہ چھُ کُنہٕ پیے نہ چھُ کاںہہ پاگام
یے چھس وزانت سیتر وتہٕ ہلی ہلی مے سدہلی مند چھاوم وائش

زیتہٕ زیتہٕ انہٕ گنہٕ ییژ میہ ایژم زالس مے وول پننے پان
کُنڈی کُنڈ ڈولتے آیم نالس کالس کژِ ژھراوم وائس

یاوُن سور تھ ژرتھ کاںہہ زانان کم تاوُن چھُ وچھناوان
راوان راوان وہ وہِ ہاوان ژِژِ گنشر راوان راوم وائس

اکہٕ وینہٕ واچم تہٕ اکہٕ وینہٕ کھارم اکہٕ وینہٕ وینہٕ میتہٕ ناوم ما
نلی نلی اڈہ فجی، پھوڈ پھوڈی اڈ پھوجر تپلی چلی چھلنے ژراوم وائشا

دینہٕ کیا کم وِہ گام پانس ہینہٕ آس کتھ وارانس منز

چھمبہٕ ڈلہٕ گرذھی گرذھی کنہٕ پن اپنے زوک ژوکہ رس زہناوم وائس

بنٛدٕ بنٛدٕ پوٛنٛد پیلہٕ دٕدی ساری ہیٛنہٕ آس لیٛنٛج چھینہٕ کانٛہہ آش
رٲنٛش خنٛد ژالِتھ اتھ ژھنٛڈ زٕ ژالِتھ ہتھ کرشنا وِتھ ہاوم وانٛس

ہیٛنہٕ دِنہٕ گیٛنہٕ وانٛن کن دأرِم گُنہٕ زٕنٛن وانٛن ہیٛباوم سام
گُنہٕ میٛنہٕ ناوم گُنہٕ منٛساوم گُنہٕ کٕرکہٕ دِتھ ہلکناوم وانٛس

گُنہٕ شاہٕ وٕونٛم پکوِ لوٕ تہٕ لوٕ تہٕ منٛتہٕ ودمن وٕونٛدم زووتے جان
گُنہٕ گُنہٕ وٕونٛم ہعو تہٕ منٛتہٕ سعو تہٕ منٛتہٕ گرپیٛتہٕ گرٕ ازماوم وانٛس

پتہٕ سیٛود کھیٛسہٕ ہاوسِم بالس ونہٕ لوٚد پیٛپہٕ ہیٛم کانٛہہ سوٗبان
انٛتھ رٕووٹ گرِ تو کانٛہہ کنگالس گیٛنٛتھ گرِ گرِ نشرآوم وانٛس

ہیٛے ہیٛے کیا کرٕ سُمٛتس کیا پٕر نارس نرِ دِتھ شیٛہلیانار
نمی گور گیٛنٛدٕ نامدہوس موٗدنا اندگن ژراوم تہٕ ساوم وانٛس

## نوح شینز ناو

روٗح چھ نوح سنٛدِ ناوِ نِش بیوٗنیے
دِتہٕ وۄنیے پانس ہمشر
روٗح چھُ انگرنہٕ نوح چھُ تیتھ نوٗنیے
دِتہٕ وۄنیے پانس ہمشر

ہُو چھُ ہاہس کھودنہٕ لَلوٗنیے
کھسہٕ وس چھَس پانس مشر
ہلون چھکہ چھی نہٕ بیوٗن بیوٗنیے
دِتہٕ وۄنیے پانس ہمشر

موٗل مالِس نہٕ گرٕزھ آسنیے
ہیوٗل ہیاٗلِس چھُ پانس مَنٛز
ہیوٗل ہاٗلِس چھُپنہٕ ژھانڈُنیے
دِتہٕ وٚوِنیے پانس مَنٛز

سر پمپوش چھُپنہٕ پَر ژھیٚوِنیے
گرابہٕ مارٲن شانٛس مَنٛز
یِی چھُ باٗطِن تی ڈراو نوٚنیے
دِتہٕ وٚوِنیے پانس مَنٛز

پھوٚلی متے باغس پوش ہیوٚن ہیوٚنیے
پوشہٕ موٚت ہیوٚتھ پانس مَنٛز
رنگ چھِ ہیوٚن ہیوٚنا تہٕ رنگہٕ گوٚر سُنیے
دِتہٕ وٚوِنیے پانس مَنٛز

گرٕ ٹہٕ گگاشس سوٗزُم سےٗ کُن بیے
وِٹہٕ نرہ چھُس بہٕ گانٛس مَنٛز
برٕ مُژرِتھ چھُ برٕمنڈین بیے
دِتہٕ وٚوِنیے پانس مَنٛز

زاگٕز مٔنز انٛنہٕ زگ تہٕ پٔروُن یے
واگٕز وانس تھانس مٔنز
کیا چھُ زٕژھرُن تہٕ کیا چھُ ژراوُن یے
دِتہٕ وٕونیے پانس مَنز

شرچھُ بشرس وتہٕ راوُن یے
منہٕ ریگستانس مٔنز
بر ژرٛ وپرِتھ چھُ خر نژوُنیے
دِتہٕ وٕونیے پانس مَنز

گوڈٕ من گٔنڈتھ منہٕ ناوُن یے
کن ڈیاوُن پانس مَنز
سیکہٕ مٔنز گٔنڈتھ سوٗن ژھانڈُنیے
دِتہٕ وٕونیے پانس مَنز

مالہٕ منٛز کانٛہہ گاشدار اژوُن یے
آلہٕ ژھانڈان پرانس مَنز
باشِ دارُن چھُ پران ژٕژھرُنیے
دِتہٕ وٕونیے پانس مَنز

رووُمت چھُم لال ژھانڈُن ییے
ژرووُمت وآرانس مَنٛز
تالہِ زٕلۍو دِتھ لال نیٖرِ نوٚن ییے
دِتہٕ وٚونیے پانس مَنٛز

شروگِہ موٚلۍ چھا لال موٚلۍ ہیٚوینیے
لال بازرٕ وانس مَنٛز
پان پیٚنٛنۍ چھُہ قیمت ڈیُن ییے
دِتہٕ وٚونیے پانس مَنٛز

دَچھِ مَنٛز کُمہ پآنام اوٚن ییے
دَچھِ پوشِپُر چھُ پانس مَنٛز
رَچھِ مَنٛز چھےُ لال للوٚن ییے
دِتہٕ وٚونیے پانس مَنٛز

کُنۍ ہیے نِشہٕ دٕژاو کیا نوٚن ییے
ژاو کیا وآرانس مَنٛز
کُنہٕ کُنہِ گژِھ پان ژھانڈُن ییے
دِتہٕ وٚونیے پانس مَنٛز

وَنِتہٕ شُمنتو کیازِ گوٚے ژٕروٚنیے
کُفرس تہٕ ایمانس مَشٕر
یِیا نہٕ کُنہِ چھُے تی تنہِ نوٚن یے
دِتہٕ وۄنیے پانس مَشٕر

نٔھنہٕ ژٔورن تُھنٛز تھٔو ژٔورے
أسی چھ دٔورے وُٹھ پھیشان
اَتھٕ ییہٕ ہم نہٕ پُرژھٕہس مٔورے
أسی چھہِ دٔورے وُٹھ پھیشان

جسداہہٕ وُچھ دٔورے دٔورے
نٔھنہٕ ژٔور ژٔول تھنٛز چھکران
ناد لوٚینس بے قل شوٚرے
أسی چھہِ دٔورے وُٹھ پھیشان

دوہہ دِمےٚ چوٚوکھ ٹوٚرے ٹوٚرے
ژٔورِ روزِن چھُنہٕ شوٚبان
نار ہقوٚو تھم للوٗنٛ مٔورے
أسی چھہِ دٔورے وُٹھ پھیشان

لالہٕ رۄپھِکھ مےٚ نکھہٕ نے ہۄرِ رے
یۄت کۄ گوکھہ نا فرمان
دیوکی زینٕہٕ تھوو مسکھہ ژۄرے
اُسی چھہٕ ڈۄرے وُٹھ پھیشان

بُس ہٕ پُرژ پیٹھِ تس کتہٕ پۄرے
کرنہٕ کرمس کیا رِبہٕ ٹھان
بَس ہٕ پۄرِ شہ کس اٗزِ ژۄرے
اُسی چھہٕ ڈۄرے وُٹھ پھیشان

زالہٕ لاٗجتس والہٕ واشہٕ کھۄرے
بالہٕ کرشنو یی چھپا جان
نالہٕ ومہٕ نا لالہٕ ما ڈۄرے
اُسی چھہٕ ڈۄرے وُٹھ پھیشان

شُلہِ ژھانڈَن تہٕ پیتہٕ ما ڈۄرے
راسہٕ ہوت آسہٕ راس کھیلان
ناد لابس یکھنا یۄرے
اُسی چھہٕ ڈۄرے وُٹھ پھیشان

پنٛچِہ کھوٗنٛن پنٛژِ رنٛگہِ زوٗرے
چھِم رِتنٕ دیپ پاٛنٛشژِوے پژان
اٰلوس تِم اپٕہ ہٮ۪ن یوٗرٕ نے
اٗسی چھِ دوٗرے وُٹھ پھیشان

ہاونابہِ ستِہ ڈٕکہِ اَسہِ پوٗرے
کیاژِ شُمنٛس کاسہِ ہٕہ ہان
کیا سہٕ ہاوِ تہٕ کیا تھوِ ژوٗرے
اٗسی چھہ دوٗرے وُٹھ پھیشان

# غزل

دِلس ڈٔج چانہٕ رُوشہٕ لولہٕ وَگ زن
گُلس پیٚیہ مَشر بہارس سورٕ دگ زن

بہٕ کیا کوٚرتھم بہٕ وٚولتھس کرٕ ڈ زالس
مُہتھ گوٚ یَم مُتاع پیٚوٚ یَم مےٚ ٹھگ زن

وَندے سوٗرے قٔبیلہٕ نہٕ کرٛون پکھنا
بہٕ روزے چانہٕ بَرٕ تل چوٗن سگ زن

ہیٚمے زاگے دِمے بو لولہٕ آ لوَ
ژٕلِم دِلوٗ ہول شیٖہلم کرٕ ٹھ دگ زن

ونے پُوز چانہٕ دوٗر بر کیا مےٚ گومُت
گومُت چھم جسمہٕ نِش مے روح الگ زن

مٔے گوٚمُت لولہٕ زَخمَن خوٗن جآری
ژھٔٹِتھ آمُت مٔے جِگرُچ خوٗنہٕ رگ زن

ڈٔلِکھ چانِس وُچھِتھ درٛ رُوح مٔے گآشہِ
عَقلَس ہوٚشن تٔمی وِزِ لجٕ مٔے چھگ زن

کٔرِتھ شاباس بوٚرتھس فیٚنچہٕ تیٖشَس
بُرٕتھ دیٖتُھس یَتھ موٗدس بہٕ برگ زن

روا چھا دَب کٔرِن شیٖرس تہٕ سالس
دوہ شوٗزی آسہِ یوٚدوَے سرگ الگ زن

نظر یا متھ کرِکھ لوٗچ ژٕ یارو
ہوٚکھِتھ زرد ِتھ گٔلِس بٔبہِ میلہٕ سگ زن

پھوٚلنہٕ دُشوار وَرِ آسہِ ہٕٹ نِشاطس
نہٕ بد خوٗیہِ دِلن دودار اگ زن

وٗڈکھ واراہ سٕمے کُن وُچھ وُچھ رٕفیقو
تیٚتھے پٔژھ ہاچِھ پیٚمٕژ پۆتر دگ زن

یہِ چھا پیٚنہٕ وول کیٚنہہ ارمان مثانی
وُچھان چھس سالرین لُجمٕژ چھےٚ تنگ زن

سُمن اوُسم وٕنان کاشہِر چارِ کرِی تو
پیٚہے چھم کرٕٹھ دادِ شاح میٚٹھ دگ زن

# وِنتی

مُہ یُنْد دِیہِ کُس ناد
گنگا دار پیِہِ نا
کاس دِیہِ کُس مار
کالہٕ سمہار پیِہِ نا

بوزِہند کیا چھُ وِہنار
مَن کتہٕ لبہٕ تتہٕ تھاہ
ویدَو نہٕ لوٗ بہٕس نہٕ تار
دیدِ آدھار پیِہِ نا

ژرن بوَنن ہُنْد ساز
ژرِہ گوہہٕ دِرامت نوٗن
ژرن تیزن چھُ آدھار
ژرِبون سار پیِہِ نا

ویدَن ہُنْد چھُ امکار
بڑہما وِشن مہیشور
اُتپتھ تہٕ پالن ہار
سرو آدِ کار پیِہِ نا

ہرموکھ ہر تل پڑار
اد ترییتہ ٹوٹھی شتھو
لسنک بنی آدھار
رکھیا سکار ییپہ نا

ہرت دیشس منز ژھار
چت سہریک پرکاش
نیتھ سموت سونمار
زنر آکار ییپہ نا

باہ ییرہ بھوے دار
یس چھے چمکاوان
تسہ ون ویلہ تے زار
سے سرکار ییپہ نا

پرانن ہنز وال کھار
یس ننگہ زژھرا ون
سوہم تس بنہ سار
رزو کار ییپہ نا

رٹھ دِہہ گوہ پھِ ہُنْد غار
ئتی چھُے دیوستھان
ئتی شیو شانتا کار
سُہ سُکھ آدھار بیہِ نا

نِشہِ پیالہِ سورِ سمسار
پیشہِ نشہ نیرِ کیا سوٗد
اَشہِ سیتی کیا ہمہ نار
گیانہٕ شیہجار ییہِ نا

دش راونہٕ دَر بار
سیتا چھہ وِسرِ یمژ
دِنہٕ تس دوہ کھہ مَشِنز تار
شری رام اوتار ییہِ نا

راوُن چھُم اَہنکار
ژٕہ کلپہِ اِندریہِ چھس
بوز سیتا گِرِفتار
بوزنہِ نال یِیہِ نا

پیتھ ژرووم ہئے لوہ کچار
بُجرَن ہُبہٕ روُوس
چھُم دزان سنتاپہٕ نار
گُنہٕ وَتہٕ یار باییہٕ نا

سُمنس چھُ آمُت چار
کال چھُس پیتہٕ لاران
چھُے منگان بارم بار
گبانہٕ شبچار ییہٕ نا

ژٕرِ گوٚنہٕ سوٚ سنہٕ ژٕرِ لوٚچنہٕ لولو
اَنۆ بھوکی دِنہٕ انہٕ دَھنہٕ لولو
ژٕرِ نتہٕ ادٕ کُس بو وَنہٕ لولو
اُنۆ بھوگی دِنہٕ انہٕ دَھنہٕ لولو

شُنیا تیتہٕ شُنہٕ ژٕرِ ووٚ لسوٚ تھ
شُنیہٕ مَنہٕ چھڈ چیتن ژٕرِ پٕرکھٕ سوٚ تھ
پاٗژ پائے پانس موٚکھ ژٕرِ ہوٚوتھ
سوٚ وِمرشہٕ آنند ژٕرِ اَنبوٚوتھ
پاٗژ پانس بیلہٕ پیٚوکھ تھنہٕ لولو
انہٕ بھوگی دِنہٕ انہٕ دَھنہٕ لولو

ووت کُس شیوٚ شکھتی سموادَس
کُنہٕ نژٕرس پہٕ کُنہٕ ژٕرِ شُنجہٕ وادَس
کُنہٕ دادَس پہٕ کُنہٕ کُنہٕ بیدادَس
کُنہٕ کُن دِنہٕ آرژٕرہٕ کُس نادَس
ہارِ طوٚطس ستہٕ ہلہٕ وَنہٕ لولو
انہٕ بھوگی دِنہٕ انہٕ دَھنہٕ لولو

شیٖوٕ ژٕے چھکھ چیت آنندُک تھان
آنندٕ ژٕے نیٛتھ آنند بھوگان
شیوٕ ژٕے چھکھ آسوٗن پرٛتیکھ بھان
جیوت سموٗت سرون نیٛتھ چھکان
شیٖوٕ دت چھکھ ژٕے کھیٛتہٕ کھیٛتہٕ لولو
انوبھوگی دِتہٕ اَتہٕ دَھسنہٕ لولو

چیت ژندرمہٕ میٖون چھے ژٕے آدین
ہرتھ وِلشچہٕ وُزتھ چھم ژٕے آبین
ست سِربوٕ ژٕے کُن یمہٕ چھم لین
ترلیشہٕ ہرٕ چھم پیمٕ گامتٕ دین
یم چھہ گامتٕ پرژھیٚنہٕ ژھینہٕ لولو
انوبھوگی دِتہٕ اَتہٕ دَھسنہٕ لولو

ژٕے شیوٕ چھکھ ژٕے چھکھ سوہمبو
ژٕے سوٕ ہم ژٕے تمہ پرٕ ہا۔ ہیٛو
میں تجھ میں ہوں اور مجھ میں تو
یہ سب ہے مایا کا جادو

جیو اُتھو مشر چُھ آمُت ہیپنہٕ لولو
انو بھوگی دِتہٕ اہٕ دھینہٕ لولو

نڑنس مشر نڑہٕنج گیتھ ان باو
نڑنے چُھ نٹ ٹ پونڑنس ناو
نڑنے موسیھ پھنظ گُن وتھہٕ وِنہٕ راو
وِلبوٗرا اُتُل نڑنس تہٕ گیوٗر مشراو
سیوٗد سیوٗد نڑھ ہلِہ آنگنہٕ لولو
انو بھوگی دِتہٕ اہٕ دھینہٕ لولو

یِی زاڈیل پوٹھیک ہوٹھ چُھے تی
ژھوہٕ کھوہٕ ژھوٹ زیٹھیک ژیوٹھ چھے تی
ٹیٹھ کھونہٕ ٹیوٹھ میٹھیک میوٹھ چُھے تی
ان باوُن کوتا کرٗوٹھ چُھے تی
نہٕ چُھ ہیٔر گُنہٕ نہٕ چُھ گُنہٕ بعہٕ لولو
انو بھوگی دِتہٕ اہٕ دھینہٕ لولو

نس کیا ویٔرِیس اژِ پانس مشر
دوفی بھالوٗ دِتہ بیٹھہٕ وانس مشر

نہ چھُہ ڈیانس نہ چھُہ کینہِ گیانس مَنز
شُنیا تیتھُے شُنہِ مہ آدانس منٛز
نہ چھُہ لوٗ ہُت نہ چھُہ راوِنہِ لولو
انوبھوکی دِیتہِ اپنہِ دَھیتہِ لولو

کیٛہہِ نیتہِ کیٛہہِ کیاہ تام کَتھ پیو ناو
کیٛشہِ نس نِشہِ کیاہ تام کَتہِ ووہ پڈیاو
انہِ گرٹہِ کار مَنز کر گاش توٗن وٗزاو
کیٛہہِ نے نِشہِ کیاہ تام کرسا سا ٔزا و
کیا موٗدٕ کیا روٗژِ کیا وَنہِ لولو
انوبھوکی دِیتہِ اپنہِ دَھیتہِ لولو

گوٗن کینہِ تھوٗ کتہِ چھم تھوٗنس وَتھ
نِرگونسے مَنز بیٛہہِ ترگونی ہلیٛتھ
کُنہ پانس مَنز پھٹہِ کیا گرِتھ چیٛتھ
ہیچہِ بنہِ اَزِ گراہ کیا گرِتھ کھیٛتھ
اُوچ کَتھ زاوِلہِ کتہِ لولو
انوبھوکی دِیتہِ اپنہِ دَھیتہِ لولو

وَنہٕ وَنہٕ ہتّی وَن نشہٕ کُن نھاوَو
پھیٖرِ پھیٖرِ اَسی ساگر سۆمبراوَو
پانہٕ پنٕنؠ پان اَسی پَرکھاوَو
لوٚلہِ ہُنٛد لال لعلہٕ مَنٛز لَگناوَو
مۆن ساوِدان روزِ شُمنہٕ لولو
الوبھوکی دِتہٕ اَنہٕ دَصنہٕ لولو

# آرادھنا

ورزٕ واوس چھمے تھر تھر ماجے
دِتہٕ آلو نتہٕ مے نہٕ گھر ماجاے
نتہٕ اَپر تھ بیتی ما بہٕ مر ماجاے
دِتہٕ آلو نتہٕ مے نہٕ گھر ماجاے

جوالا پیٹھ چونے کیا چُھ شوبہٕ دار
ڈیڈِ چانہٕ چھِم پرنام بارم بار
جوالا موکھ رٕوپس ژٕے چھے کار
کھرِ و ٹراوِ ہے تاکی ژٕے موہنگ ہار
پوشن لاگے ژرِ آدرِ ماجاے
دِتہٕ آلو نتہٕ مے نہٕ گھر ماجاے

اَشہٕ دیوی شیاتی چھکھ کشٹہٕ موچن
دُشٹہٕ دلہٕ نستن چھکھ ژٕ بھوشن
جوالا تیز چونے زالہٕ پاپن
ستاپن گژھ کھیے شود بنہٕ من
کرہٕ پوزا دیوِ ہتہٕ تر ماجاے
دِتہٕ آلو نتہٕ مے نہٕ گھر ماجاے

ورِ دی دی بوہرِ وزِ رٗووس اوم
وِنہٕ روٗوس ہہ ہیتہٕ لڑچھ کیاہ گوم
پرمہٕ اشرت ترووٗم نہٕ ونیہ دامہٕ چوم
دٕھرِ مہٕ پٲینس نفسک گوم گدوم
تھرتھرِ چھم بینیہ ہر ہر ماجاے
دِنہٕ آلو نہٕ نینہٕ مے نہٕ گھر ماجاے

سَت سُدرِ شِہ اشرِ پنہٕ دار چھکھ ژِ ے
ترِن کارن ماج آدھار چھکھ ژے
وِشن برہما نہٕ شِو اوتار چھکھ ژے
سرو شرِشٹی ہنز سرکار چھکھ ژے
اِندرِ یہٕ پَرِ ازر امرہ ماجاے
دِنہٕ آلو نہٕ نینہٕ گرِ مے نہٕ ماجاے

دِکھ امر داری ژٕ اوٗمکاری
سَت سرِشٹِ سموت چمکاری
دٕہ دِکھپال چھی ژے آگیاکاری
جرِنہٕ روٗپس ہہ لگہٕ ہے پاپ ہاری

چھہِ سامرٕنھ بہٕ پوٗز گنٛتھ کرٕ ماجاے
دِرٕتہٕ آلوٕ پہٕ نِتہٕ مےٚ نہٕ گھر ماجاے

مٔنٛز للاٹس ژٕ چھکھ کان تیٚز وُزمل
اِنٛدرٕ دَنشس نہٕ چھےٚ تمہٕ نیٚرک بل
دوٗشہِ رٕوستےٚ چھُ تیٚز چون شُوبہٕ دنہٕ نرمل
تمہِ نیٚز گوٗل ییتھ بٔر ہماندٕس مل
تیٚز لووے اژو اَمی ماجاے
دِنہٕ آلوٕ پہٕ نِنہٕ مےٚ نہٕ گھر ماجاے

بِکھ ژٕلہٕ ہتی مَن ییہ تہِ ترپھتاوُم
بوٗگہٕ بلہٕ ہتی مَنسک ہیٚے پھوٚلناوُم
گیانہٕ بل دِم اگیان ژٕشراوُم
تھمبہٕ مٔنٛز نرسمہٕ روٗپ نوٗناوُم
ژٕریٚش چاوُم سموت سپر ماجاے
دِرٕتہٕ آلوٕ پہٕ نِتہٕ مےٚ نہٕ گھر ماجاے

راژٕ اوسُس بہٕ ساز وسنتوٗر وایان
واژٕ پیوٚ وات ژٕ تمہ تہٕ ییہٕ چھا جان

چھکھ ژِ پوٗرن نہٕ پوٗرن دِم مے وردان
بھے کاشم نہٕ زے دِم پرمس تھان
بھبہٕ رٗوس دِم مے دیہٕ آسہٕ ماجاے
دِتہٕ آلوٚنہٕ رنتہٕ مے تہٕ گرٕ ماجاے

آدِ شکتی ژے ژٕگوٚن چھہٕ چاےٕ بھوٚشن
وارٕ ہتھ ہاو نارٕ منٛزٕ ذرا مُت سوٚن
نارٕ نار تم ماجی ہیکھٕنہٕ گژھ بوٚن
ژرارٕ بر تلِ مے ہاوتم شنوبہٕ درشن
شنوبہٕ درشنہٕ پاپ شاپ ہرٕ ماجکے
دِتہٕ آلوٚنہٕ مے تہٕ گرٕ ماجاے

چھکھ پلنم ہنٛزٕ زوٚن ژِ نیٚز وے
اسہٕ ماوسہٕ دوٚہ کرتہٕ شنبس لے
شُتیاٚ نیتج ماج نھاو تم سے شے
نھاو تم شے ان باوٕ ناوم اوٚہ وے
سِم ایکہ رسہٕ شانت ساگرٕ ماجاے
دِتہٕ آلوٚنہٕ مے تہٕ گرٕ ماجاے

وید ہری ہری تہٕ پاٹھ پوزا کری کری
کھنٛتھ ویسرتھ تہٕ اپزی ذرتھ دری دری
وید کیتی کنٛز تہٕ زنٛگتس چیدہ ہری ہری
طوطہٕ بولنا مۄہ کھتس فوٹہٕ کری کری
پزہی پزی بہٕ گوس اپر ماجایے
درتہٕ الو بھونتہٕ میٚے تہٕ گرماجایے

پوٗزہٕ پوٗجنی دپ بیٚیہٕ دوٗپ چھکھ ژہے
زنٛگت امبا دشنکوپ چھکھ ژہے
پوٗہٕ پواہٕ سوا گاینری ادوٗپ چھکھ ژہے
انہٕ یانہٕ پہٕ شوٗ سند روٗپ چھکھ ژہے
پرناد پر پنرانتھ پر ماجایے
درتہٕ آلو تہٕ نتہٕ میٚے تہٕ گرماجایے

ترپورا روٗپہٕ ژہٕ پرا شدھ ودیا
یاپشنتی سا سھونتی مدھچھما
ویکھری ردیہٕ تۄہے چھکھ وید ماتا
سرو گیاتا ژہے چھکھ سرو نرا تا

دکھجا ہی رکھشا کر ماجاے
دِتہٕ آلو تہٕ زِتہٕ ہٮ۪ے نہٕ گرٕ ماجاے

سو وہر شیٖنہٕ ہر شن ہٮ۪ے مُزرا وُم
شُنیا تہٕ شُنز شُنز ہس منز ہٮ۪ے نھاوُم
شُنیا تہٕ شُنز شانتی ہٮ۪ے وُچھ ناوُم
ہر گرٕ منز ہر شُد موکھ ہٮ۪ے ہاوُم
ہر درشن بکر ہٮ۪ے امر ماجاے
دِتہٕ آلو تہٕ زِتہٕ ہٮ۪ے نہٕ گرٕ ماجاے

انو بھو ہٮ۪نز چھم ہٮ۪ے پینہٕ پینہٕ گامِش
انہٕ بھوتی ہنہٕ ہنہٕ وِیسر یمِش
منہٕ یندرس ہٮ۪ے زُکری چھہٕ دوہ دیمِش
ست چھم ییٔ کنتھ چھہٕ زتے پنیٹھ پیمِش
ابہٕ ساو ہم سو ہمہٕ ورہٕ ماجاے
دِتہٕ آلو تہٕ زِتہٕ ہٮ۪ے نہٕ گرٕ ماجاے

ڈیر ینٮ۪ے ماجے سیر کر تم
سعہ انو بھو دھنہٕ نٹی منا ہٮ۪ے بر تم

گیانہٕ دود سٔے گلہٕ گلسہٕ آپہٕر تٔم
اگیانہٕ کرٕمن ہنٛدی پاپ ہٕر تٕم
پٕھرناوتم مٕتہٕ برٕ برٕ مآجاے
رِدہٕ آلوتہٕ نٕتہٕ سٔے تہٕ گر مآجاے

بکھتہٕ باوِ دِم داسٔس کرٕتہٕ اٚنوگریہٕ
یوگہٕ سمبوگہٕ ماتا ژٕ سٔے نِشہٕ بیٚہٕ
گیانہٕ دیانس انہٕ تٔھو زٕتہٕ سیٚے
یی سٔے مٔونگھے تہٕ تی دِم نٕتہٕ کھیمہٕ وٚنہٕ
سمنس ہاد سوہ مٕتہٕ گرٕ مآجاے
رِدہٕ آلوتہٕ نٕتہٕ سٔے گرٕ مآجاے

## ماجہِ ہُنٛد بر

اگر زاٲنِتھ یِژھک زِہمن ہیٚنٛدی ہل
زگت ماتا یہِ منگ روزِس برس تل
ہلاح چھےٚ یِی ژٕ کرِ بِگھتی سٟتی کل
زگت ماتا یہِ منگ روزِس برس تل

سوہ ماتا دامہِ دائے دوہ دژے چاوی
پھرم اترت موٚہ دُر سوے آپہٕ ساوی
شہ دوہ دچھتہ نِش کلنک سپدکھ ژٕ نرِل
زگت ماتا یہِ منگ روزِس برس تل

ہتوے قِل شُرہِ یو ہینہٕ ہوش راوی
ہینو ژوٚپ ہیکھ تمِس یوسہ دوہ دژے چاوی
ڈلکھ ہینہٕ ہوشہٕ راوی پوشہٕ وٚن کھل
زگت ماتا یہِ منگ روزِس برس تل

ژٕلوٗنک بیوٗل وَو انتھ کرمہٕ کھیتر س
ہیوٗرے سنگ ڈٮ۪ن پزان دِکھس نہٕ اوٗترس
ژٕ ٹہر شُند داس بن ٹیٚنس آسہِ نِرمل
زگت ماتایہِ منگ روزٕس برس تل

پھرِ تٕنا ہتھ نہٕ گو کھیوٗن منشہِ ماس
پھرِ نفرت وٕنن بد نیک ناسس
وٕرژن مل چھل نہٕ نِرمل جامہٕ اَدٕ ول
زگت ماتایہِ منگ روزٕس برس تل

ورژن مل گوٗل نہٕ ژٕلوس شِوتوٗٹھیاو
زگت ماتا دِوان تٕس چھےٚ سہز باو
بلان دوہ کھ داٗدی ژٕٹان چھس جادٕی گاگل
زگت ماتایہِ منگ روزٕس برس تل

شرِیرس شوٗب چھ سیوایہِ باوشح
چھ زٕلوس شوٗب بس ماتایہِ ناوشح
زگت ماتا دِوان سیوایہِ رُت پھل
زگت ماتایہِ منگ روزٕس برس تل

اسیتھ ؤنٛ ؤنٛ مہ راور آتِھ سِتھ
چھِ ماتا ست ستس پیٹھ تھاو باتھتھ
ستس تھیتھ تھاو تہٕ آنند پراو نِشکل
زگت ماتا یہ منگ روزٕس برس تل

اہنکارُک دھنگ سنتا نیٛنٛ ہنٛد
روٗپک تالو تہٕ سوٗ تہٕ کین بانیٛ ہنٛد
کھینس منٛتر ناش ہیمہ نے نیم چھُ اٹل
زگت ماتا یہ منگ روزٕس برس تل

مہ راور زنم اپزٕس لول بُری بُری
نِواں اپزِس دھتس چھی ژور پھُری پھُری
سوٗ نکہ ہاوِیہ ماگ سوٗمبراو سٔر تل
زگت ماتا یہ منگ روزٕس برس تل

وُچھان چھُکھ ناژ کم کم راز آیاے
ژ وُچھ بلہ ویر کم کم ماجہ زایاے
وڈُر، شُکھدیو، بھیشم، نیل با نل
زگت ماتا یہ منگ روزٕس برس تل

نبن نِہناوی کم کم ویرِ پَنتھ کُن
مہ بَن غافِل نہ تھوڑ نہ ڈیان اتھ کُن
یوگن ژورن عُمر اکھ اۆبرٕ وُزمل
زگت ماتایہ منگ روزُش ہرس تل

ہِہے کتھ دٲبرِتھ مُشرُن مہ ماتا
تھوُن ڈیانس اندر سوے ساعتہ ساتہ
گرٛھی ناگوژ ژھتھ آلو ژٕے مُنگل
زگت ماتایہ منگ روزُس برس تل

مرُن مُشرُن پئری ولوہار باپتھ
مرُن تھاوُن ژرتس شیہجارہ باپتھ
یمن دوہ شوژی کنھن چھم وارِ دنی چھل
زگت ماتایہ منگ روزُش برس تل

سُمن شرناگتن ہُند داس روزِتھ
یہ من شیہلاوِ ست زَن شبد لوزِتھ
انہ پرکاسس للا تیج تیز وُزمل
زگت ماتایہ منگ روزُش ہرس تل

# ن

شیوٗ شنکر ناپہٕ ترٛیہ ہر پاپن اسہِ کر کھیٚیے
اوٗمادر بھسمادر سون بوٚزنے جے جے

ہر ہٲشوٗمت چھس اپرٕ آرٕ ہر چھم کر کیٚشا
مُہہ ہر منتر کوٗ اودرٕ تھرتھر چھم ہر ما
مُہہ اٲنہٕ گنڈِ کاستم ہرپاستم نیٚنزو مے
اوٗمادر بھسمادر سون بوٚزنے بجے جے

امر ایشوٗر بوز آرزر بھو ہر منتر کھارٕم
بوٚڈھ لاگم زٕ ہر یا ہر مے تہٕ اپور تارٕم
زٕ کھارٕم تہٕ زٕ تارٕم چوٚن چھم آسرے
اوٗمادر بھسمادر سون بوٚزنے جے جے

پوٗرہ پچھمہ دکھنہٕ اوتر گرگر چھوٗن پرکاش
دوٗرٕ مو روز اچھ مے لجہ دیہ متہٕ کرتم نراش

چندر شیکھر گاشکہٕ گرٕ پرکاشنک ہتّے ہاوِ پے
اوٗمادر بھمادر سون بوٗ ڑنے جے جے

کیلاسہٕ واسہٕ ساوٕ نیاسہٕ ساتہٕ وِستی نِشوکن
داسہٕ باوس مَنتر مہیشر اَسہٕ پننس ژٕ رے اَن
ساسہٕ بدٕ رنگہٕ ننگ آہتی ننگہٕ گرٕ ژھنک اَسہٕ بھے
اُمادر بھسمادر سون بوٗ ڑنے جے جے

کلہٕ مالہٕ ناگ دار وینہٕ ہرٕ کلہٕ وندیو پادن
ییتہٕ سوٗنے ہی کھولہٕ کن ہتّے تھاوتم نادن
سمسارٕ ژھلہٕ پھنہٕ زاہرٕ ڈلہٕ وردِم کرٕ ہتّے نرٕ بھے
اوٗمادر بھسمادرٕ سون بوٗ ڑنے جے جے

ہے ابٕرٕ ہے اہرٕ ہے اکھشر شمبھوٗ
ہی شاپہٕ ہرٕ سَنتاپہٕ ہرٕ سر ویشور شمبھو
باستم ہتّے اَندری نیبری ادٕ آنس ژلہٕ کھے

اوٗمادر بھسمادرٕ سون بوٗ ڑنے جے جے

ہیٚ اُپِتہ ہیٚ اَدِ بُنہٕ ہیٚ نِرمَلہٕ شمبھو
ہیٚ نِرگُنہٕ ہیٚ نِرمہٕ ہیٚ نِشکلہٕ شمبھو
پھولہٕ ناوتم چِت آکاش ہیٚ گاشکہٕ گاشے
اُومادر بھسمادر سون بوٗزنے جے جے

سمسارکِس درگہٕ روگس اوَشدِ چاٗنی بکھتی
اہنکارکِس دُربھوٗتس کرِ وَد چاٗنی بکھتی
بکھتی ہتی یُس وُزِہن تس کِنہٕ روز سمشے
اُومادر بھسمادر سون بوٗزنے جے جے

ناد لاے بوٗزتھ وتھلِہ یاد پییی نامیٖوٗنے
وِیاد کاستم زِگتہٕ ایشر داس چھُس ناچوٗنے
داس کرتم منہٕ اندر ساس سیریکہٕ تیزے
اُومادر بھسمادر سون بوٗزنے جے جے

اَشہٕ ہتی بوگوڈ دِمہٕ ہے لشہٕ نار شیٖہلاوُم
پشہٕ کوتاہ ہیٚ اوٗناشہٕ پشہٕ باو زِلہٕ ناوُم
دشہٕ راونس ناش کرِ وِنہٕ دشہٕ رَنھ نے رامے
اُومادر بھسمادر سون بوٗزنے جے جے

یوٚت کرِ نِچھ سمسارس تیوٚت نِچھر چھپہِ باسان
چون اٰنوٚگرِ ییٚہ گوٚژھہ مےٚ آٚنِیتہٕ بعد چھم نیرسان
چانہِ اٰنوٚگرِ ییٚہ ےٚتی بنہِ ہم چنت سرِیک اُودے
اُومادر بھسمادر سوٚن لوٚوٚدِ نےٚ جےٚ جےٚ

چون چنتن ہی مہیشر رات دۄن کرنا
نامہٕ سمرن چانی ادِ شچھِ اوِدیا پرِ سر کیا
تمہٕ ےٚتی مےٚ من شمہٕ ہم چون لبہٕ یا جل چےٚ
اُومادر بھسمادر سوٚن لوٚوٚدِ نےٚ جےٚ جےٚ

چون پرساد گوٚژھہ مےٚ آسُن ادٕ بنہِ ہم منگل
زیپہٕ مرنکہِ دِوہ کِچھ ساگر منٛز کھسہِ ہا جل جل
نار لبہِ ہا پارگژھہ ہا ادٕ روزِہا نر بھےٚ
اُومادر بھسمادر سوٚن لوٚوٚدِ نےٚ جےٚ جےٚ

ییٚس زیوٚس آسہٕ اٰنوٚگرِ ییٚہ چون تس کُس ماری
تس زیوٚس ژلہِ سمالہِ بےٚ ییٚس ژرِ اُوشچاری
گناہہِ ماری ژرِ ےٚتی سۄ تہِ ہی نرگتکہِ ہرا چھے

اُومادر بھسمادر سوٚن لوٚوٚدِ نےٚ جےٚ جےٚ

کاپایہٕ نٕہر ماپایہٕ نٕہر ہٕہر ینتہٕ اَو تأری
چھُپے وِتی کرٕوُن نہٕر کاستم مٔےتہٕ نغأری
باستم مٔے اَندرٕ نہبرٕ اَدٕ اَنٕس ژٕلہٕ کھے
اُوما در بھسادٕر سوٗن بوٗہرٕ سےٚ جےٚ

لیلا

شیٖو ناتھس شانتا کارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل
پٔران ناتھس پٔران آدھارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

دِمہٕ آلو گنگا دارس
دامہٕ چاوہم گیانگ زٕل
شش کلہٕ کلہٕ زلو ہو دارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

مَنہٕ سومنہٕ مولا دارس
گن ناتھس منگ رٕتی پھل
بارہٕ لاگنہٕ گنپت یارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

آد شکھنہٕ شکھنس پھارس
جاے دِہٕ مے تہٕ پادن تل
باے سے کرمے نا کارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

جٹہِ مٔتی ہیے تس جٹادارس
یَس چھُ ژٔندرمہٕ ڈیکہِ نرمل
شٔہزادان چھُ گٔہلس نارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

ہٹہِ واسُک چھُ کالہٕ سہارس
بالہٕ بالہٕ چھُس پھیرن سکل
زالہٕ منٛزٕ کڈہٕ سے پے چارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

ننہٕ بھسما چھُ بھسما دارس
منہٕ منٛزٕ چھُس گیانہٕ وُزمل
ونہٕ بیہہِ تس یُس وسہٕ نارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

ترٛنیتھر درٕ ترٛبھون سارس
سرٕ پہِ ژٔندرمہٕ اگنہٕ ہانکل
تیز ترمہٕ کے چھُ یتھ سمسارس
ووٚلہٕ پٔرارس مانسبل

شکھتہٕ ناتھس شکھِتس پھارَس
بینز رٲویہٕ پٲنس چُھچھ نیٚنز وُزمل
گاڑہٕ رٕسی تنس اَتھ گاڑہٕ جارسا
ووہلہٕ پٔرارس مانبل

سن پتہٕ شُمنو انتہٕ وِژارَس
کیازِ ژُہوکھ کرشِچ تھَل
تنوہ ژھٹو ژھٹو لپوہ گوٚو ہارس
ووہلہٕ پٔرارس مانبل

